# ترتیب





مونوگراف: مولوی صدیق اللہ حاجنؔی

مُصنّف: عزیز حاجنؔی

پرُوف: عصمت عزیز

چھپن وٕ ری: ۲۰۱۵ء

کمپوٹر کمپوزنگ: شاہدہ شبنم

سرورق: نشاط پبلی کیشنز بار ہمولہ

پبلی کیشن آفیسر: غلام نبی میر

معاون: شبیر احمد میر

بڈٕعرق ریزی سان مکمل کٔرِتھ اسہِ مرحمت کٔر۔ أسی چھِ تہٕندی مشکوٗر۔

اسہِ چھےٚ ووٚمید زِ یہِ مانوگراف کرِ کاشُرِ زبانۍ ستۍ وابستہٕ طالبِ علمن، سکالرن تہٕ تحقیق کرن والین ہنٛز وبۓ ھے پوٚرٕ تہٕ تمن لگہِ مولوی صدیق اللہ حاجنؔی صأبس متعلق مزید تحقیق کرنک وُتش۔

ہارون رشید
(انچارج سیکریٹری)

# سرنامہ

ریاستی کلچرل اکیڈمی چھ پٔتِمو واریاہو ؤرِیو پیٹھ پنٔنس اشاعتی پروگرامس منز اکھ نوٚو پروجیکٹ شروع کوٚرمُت، یتھ منز تِمن شخصیاتن متعلق مانوگراف لکھناونہٕ یوان چھِ۔ یِمو ادب، زبان، ثقافت تہٕ کلچرٕ باپتھ تھکنہٕ لایق کأم انجام دِژمٕژ آسہِ۔ اتھ پروجیکٹس تحت آیہِ وُنیکتام ریاست چِہن مختلف زبانن منز واریاہ مونوگراف شایع کرنہٕ، یِمن منز کأشرِ زبانۍ سٍتۍ وابستہٕ ادبی، علمی تہٕ تہذیبی شخصیاتن متعلق لیکھنہٕ آمتۍ مونوگراف تہِ شأمل چھِ۔

دِرِ دَس مانوگراف چھُ کأشرِ زبانۍ ہٕندِس معروف تہٕ مشہور رَزم نِگار شأعر مرحوم مولوی صدیق اللہ حاجنؔی یَس متعلق لیکھنہٕ آمُت۔ مولوی صأبن چھےٚ شکل وشمائیل آنحضرتؐ، مغازی النبیؐ، سِکندر نامہٕ تہٕ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ اہم کتابہٕ کأشرِ زبانۍ ارپن کٔرِتھ کأشرِس قومس قأبلِ ذکر سوٚچھ کوٚرمُت۔ یِہُندٕ کینٛہہ کلامہٕ چھُ وُنہِ تہِ اچھوپ تہٕ بیشتر کلامہٕ چھُ ریاستی کلچرل اکیڈمی بٕرونٛہہ شایع کوٚرمُت۔ یہِ کلامہٕ چھُ "کلیاتِ صدیق اللہ" ناوٕ کتابہِ منز شأمل کرنہٕ آمُت۔

دِرِ دَس مانوگراف لیکھنٕچ کأم اُس اسہِ کینٛہہ کال برٛونٛہہ کٔشیرِ ہٕندِس کُہنہٕ مشق شأعر، ادیب، محقق تہٕ ترجمہٕ کار عزیز حاجنؔی صأبس تفویض کٔرمٕژ، یوسہٕ تِمو

یتھِ کُنۍ کاشُر زبانۍ ہُندبن واریاہن شاعرن ہُند کلامہٕ گوٚمُت چھُ ۔ امہِ اندیشُک تاثُر چھُ یِمہِ کتھِ ستۍ تہِ میلان زِ عبدالاحد آزادٕ ہوی بأریک بین تہٕ جفاکش محقق تہٕ ادبی مورخن تہِ چھُنہٕ مولوی صدیق اللہ سُند ذِکر کشمیری زبان اور شاعری ناوچہِ پنٕنہِ اہم کتابہِ اند رکوٚر مُت ۔



# گوٚڈ کتھ

حاجِن زمین چھےٚ ادبی تہٕ علمی لحاظ سٮ۪ٹھاہ ذرخیز۔ اتہِ چھِ کاشرِ زبانۍ ہنٛدۍ بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ دانشور پٲدٕ سپدۍ متۍ۔ وہاب پرےٚس ہیوٚ کشرُ الکلام تہٕ قادرُ البیان یِمہِ سنٛز واریاہ کتابہٕ راوِس تل آسنہٕ باوجود تہِ ۵۰۰۰ ہم شعر اتھِ آے تہٕ شایع سپدۍ تہِ چھ حاجنکۍ اوسمت۔ صوفی شاعرن اندر ممتاز حیثیت تھاون وول نکتہ دان تہٕ کمالہٕ وول صوفی شاعر اسد پرے سُنٛد تعلق تہِ چھ أتھی بستی سٟتۍ۔ اتہِ کُے چھ پروفیسر محی الدین حاجنؔی تہِ یِمو کاشرِ زبانۍ ہنٛز لسانی تحریک منظم کرنس سٟتۍ سٟتۍ کاشرِس اندر نثر نگاری یِہ ڈٕلۍ زِتہِ دِس تُل۔ اتہِ چھ ازتہِ حلقہ ادب سوناواری ناوُک فعال ادبی ادارٕ ژُکہِ سان کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبہٕ خاطرٕ مُسلسل کأم کران۔ اتھ اِدارس سٟتۍ وابستہٕ درجن وادأ ادیب تہٕ شاعر چھِ پننہِ پننہٕ مقدوٗرٕ مُطأبق کاشرِس ادبس بُرٕژر کران۔

مولوی صدیق اللہ سُنٛد تعلق تہِ چھ حاجنس سٟتۍ یُس میانہِ خیالہٕ أمِس شاعرٕ سنٛز خوش بختی چھےٚ۔ تِکیازِ اگر نہٕ أمِس علمی بصیرت تہٕ شاعرانہٕ صلاحیت تھاون وألِس عالمس تہٕ أدیبس محی الدین حاجنؔی ہیوٚ ژُکۍ درتہٕ گامہٕ بوج میلہِ ہے خبر أمۍ سُنٛد لیوکھمُت بیشتر کلامہٕ ماگوٚتھِ ہے گال کھالِس

بُستیِہ امہِ اعتبارٕ زیادے پہن اہم تہٕ قابلِ توجہ۔ یِژھن بُستیَن اندر چھُ حاجن اکھ اہم علمی تہٕ ادبی مرکز۔

سرینگرٕ پیٹھٕ قریبن ۳۵ کلومیٹر دوٗر شُمالی کشمیرس منٛز آبادیہ گام یتھ وونی ٹاوَنچ (Town) حیثیت حاصل سپٕز مژ چھےٚ، چھُ وتھِ ہنٛدِس کھووِرِس بٕٹھِس پیٹھ آبادتہٕ وہن واڈن پیٹھ مُشتمِل۔ گامچ آبادی چھےٚ وونی قریبن وُہ ساس۔ رقبہٕ زمینہِ اعتبار تہِ چھُ یہ کٔشیرِ ہُنٛد اکھ ممتاز تہٕ منفرد علاقہٕ۔ کاشرِ ادبُک کانٛہہ تہِ تواریخ ییہ نہٕ توٚ تام مکمل مانٕنہ یوٚ تام نہٕ تتھ منٛز حاجنُک تفصیلی تذکرٕ کرنہٕ ییہ۔ امہِ بستی ہٕنٛدی پُرمغز تہٕ ذہین اُدیب چھِ یتہٕ وتہٕ پیٹھٕ کاشرِ ادبٕچ سو خدمتھ کران آمتی ییچ مِثال بیٚیہ کُنہِ بستی اندر میلنٕ مُشکل چھےٚ۔ حاجنُک ادبی ڈیکہٕ بجرتہٕ پسِ منظر بدٕ کڈان چھُ اتھ مشہور محقق محمد یوسف ٹینگ کٔشیرِ ہُنٛد بدایوٗن ونان۔ حاجنن یِم بلند پایہِ ادبی شخصیژ پادٕ کرِ تِمن اندر چھِ ژورناو سبٕتھٕہے اہم یعنے وہاب پرے، اسد پرے تہٕ مولوی صدیق اللہ حاجنی تہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی تہٕ وہاب حاجنی چھِ کالہٕ بآج اُسمتی۔ یہُنٛد زمانہٕ اوس کٔشیرِ ہنٛدِ تارٟخُک اکھ وٲناکھ دور۔ اکھ سُہ دور ییلہِ کاشری اکہِ اٟنٛدٕ ظالم تہٕ جابر حکمرانن ہنٛدبن پنجن تل ہہنٕہ یتھ ژھرٹہٕ ژھرٹھ کران اُسی تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ آسہٕ ناگہانی بلایہِ تہٕ آفژ تہِ تتھٕ پاٹھی مٔتتھ آمژ زِ واریاہ لوٗکھ گیہ بوٚچھہِ بوٚچھہِ کران از جان۔ امہِ دورٕچ تصویر کٔشی چھِ محی الدین حاجنی،

# پۄت منظر

یوٗ دوے کٔشیر دُنیاہس منٛز زیادٕ پہن پننہِ فطری حُسنہٕ کِنۍ مانٕنہٕ تہٕ زانٕنہٕ یوان چھےٚ تاہم چھِ یِیمہِ جنت نُما سرزمینہٕ ہٕندی باقی انہار تہٕ قابلِ توجہ تہٕ باعثِ فخر۔ کٔشیرِ چھِ عُرفِ عامس منٛز ریٚش وأرتہٕ پرٕ وأرونان یُس یِیمہِ حقیقژُک واضح ثبوت چھُ زِ کأشرٕ بٔن چھےٚ ہر ہمیشہِ پیٹھٕ روٗحأنی قدرن تہٕ سِری روایژن پیٹھ محکم یژھ تہٕ پژھ روزٕمژ۔ یوٗ تامتھ زن کٔشیرِ ہٕندِ علمی تہٕ ادبی پس منظرُک تعلُق چھُ تمہِ اعتبارٕ تہٕ چھےٚ یہِ سرزمین سیٹھاہے ڈٕکھی جل تہٕ بختاوار روزٕمژ۔ نٔوی مہِ، دٔہمہِ تہٕ کٔہمہِ صدی دوران اُس یہِ دُرٕس دُنیاہس منٛز بالعموم تہٕ جنوب ایشیأیی ملکن منٛز بالخصوص علم و ادبُک سیٹھاہے اہم تہٕ معتبر مرکز مانٕنہٕ یِوان۔ سنسکرت زبأنی ہٕندی اہم تہٕ معتبر وِدوان چھِ کٔشیرِ ہٕندی سنتان اُسۍ ہٕتۍ۔ یِمن ناماوار فلسفین عألمن تہٕ اُدیبن منٛز چھِ ابھینو گُپت، آنند وردھن، ممٹ تہٕ رتنا کر ہوی کأشری منارتہٕ شأمِل۔ خود کأشرِ زبأنی ہُند تأریخ تہٕ چھُ سیٹھاہ پرٛون تہٕ اتھ زبأنی منٛز لکھنہٕ آمُت ادب تہٕ چھُ واریاہ مولُل تہٕ معیأری۔ کٔشیرِ ہٕنٛز خالے کانٛہہ بستی، خالے کانٛہہ سرے تہٕ خالے کانٛہہ گام آسہِ یُتھ یِیتہِ نہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ گونماتھ تہٕ سخنور پأدٕ آسہِ گومُت۔ تاہم چھےٚ کینٛہہ

مٔز یِہُنٛد تذ کرِ سپُد مُت چُھ مگر تمہِ باوجود تہٕ یِمن متعلق سنجیدٕ تحقیقی تہٕ تنقیدی کاٗم اڈرٕچ ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد یہِ فأصلہٕ چُھ قأبلِ تحسین ییتہٕ تحت از أمِس پُر مغز تہٕ نوزُک بیان شأعرس متعلق ۔ یہِ مونو گراف پرن والین تام واتہِ ۔ یہِ چُھنہٕ ہرگز تہِ میون مطلب زِ یہِ مختصر مونو گراف کیٛاہ چُھ یِہنٛزِ زندگی تہٕ کارنامن ہنٛدِ حوالہٕ کانٛہہ حرفِ أخر ۔ نہ ہرگز نہٕ ۔ تاہم چھےٚ مےٚ ووٚمید زِ ییٚمہٕ ستی ہیکہِ بیٚیہِ تہٕ کینٛژن سنجیدٕ فکر محقق تہٕ نقادن ہُنٛد ظون کأشرِ زبأنی ہنٛدِس اہم مذہبی تہٕ تبلیغی شأعرس کُن پھیرِتھ تہٕ مزید کتھٕ ہن بڑونٛھ کُن ۔



مولوی صدیق اللہ نٲوی پٔنِس مضمونس منز یِیمہِ انمانہٕ کران ۔

"کشیرِ اندر رٲسی سِکھہِ راجس ژوداہ وٕری گاٖمتۍ ۔ کشیر اُس تتھ بے بۄج نظامس تل ژھرٛ تہٕ ژھرٛ ٹھ کران یمیک نمونہٕ خال خالے سأنِس تأرٛیخس اندر چھُ نظرِ گوھان ۔ امہِ وِزِ اوس کأشرٛ بن سُہ عیاش ، جابر تہٕ پڈر چھوٚت نأظم شیر سنگھ (۱۸۳۳ء-۱۸۳۶ء) باگہِ آمُت ، یسندۍ کارندو "ماہوار" نأوی باج وٹان لۄکن آسہٕ اُچھ بُزمژ ۔ کأنسہِ اُسی نہٕ کٔشنٛم تھاونہٕ آمتۍ تہٕ تام پوٚ ہردِ بڑ وٚنٹھے شٲپن تہٕ سأرٕم فصل گوٚتباہ ۔ پٔتھ طرفہٕ ووٚتھ دژاگ ۔ یتھ اندر کیٚژن مورخن ہنٛدِ ونہٕ وادی ہنٛدۍ اُٹھو لچھو باشنٛدو منزٕ صرف زٕ ے لچھ زِنٛدٕ روٚدۍ ۔ باقے شیٖہ لچھ گٔی ٹۆچھِ ٹوچھ کران نتہٕ ژٔلی ژُوانھن کیتھ ہیتھ پنجاب ۔"

(مشاہیرِ کمراز جلد۲ ۔ ص ۔ ۱۱)

اُتھی بےٚ بۄج تہٕ گٹہٕ کارِکس ماحولس منز پٔرٛتھیو و تہٕ پھاپھلیو و مولوی صدیق اللہ حاجنی امہِ باوجود زِ مألی تہٕ معأشی اعتبارٕ پوٚتس رنگہٕ رنگہٕ پریشأنین تہٕ مصیبتن ہُتھ وٕچھن روٚدُس سوٚ تخلیقی تہٕ علمی کأم انجام دِوان یِیمہِ باپتھ سُہ قدرتن باصلاحیت پأدٕ کوٚرمُت اوس ۔ صدیق اللہ سٕنٛز شخصیت چھےٚ باگہِ بٕرٕ ژتہٕ ہمہ جہت ۔ یمن متعلق یِوٚ دوے حلقہ ادب سوناواری ہنٛدِ طرفہٕ شایع سپدن وألی مشہور سالنامہٕ وولرٕکی ملرُک خاص شُمارٕ شایع کرنہٕ آمُت چھُ ، کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ "کلیاتِ مولوی صدیق اللہ" اہتمامہٕ سان چھپاونہٕ آموٚ چھےٚ تہٕ امہِ علاوٕ کأشرِ ادبکس تحقیقی ، تواریخی تہٕ تنقیدی ادبس

أسی زیادٕ پھن رضا کارانہٕ طور قایٔم کرنہٕ آمٕتی مکتب۔ظأہر چھُ زِ کیٚنٛژٕ ھا سکولن ہنٛزِ عدم موجودگی کِنی تہٕ کیٚنٛژٕ ھا کشیرِ ہٕنٛدِ افلاس زدٕ آسنہٕ کِنی ہیوٚکنہٕ مولوی صأب کُنہِ باضابطہٕ مدرسس منٛز ضأبطہٕ بند طریقس پٹھ ابتدأیی تعلیم حأصل کٔرِتھ۔

قیاس چھُ کرنہٕ یوان زِ تمو آسہ ابتدأیی تعلیم پننِس بابہٕ صأبس تہٕ باقیٚہ بُزرگن نِش حأصل کٔرمٕژ۔البتہٕ آے تم ھنا بالغ سپد تھ یو ہے پنٛداہ وٕری وأنسہِ اند رسرینگر مزید تعلیم حأصل کرنہٕ خأطرٕ سوزنہٕ۔غُربت تہٕ سفید پوشی أس یتھ حدس تام زِ کتابہٕ مٔلی ہینہٕ خأطرٕ اوسنہٕ پوٚنسہٕ ٹونٛکیے جُران۔مولوی صأبنہ شوقہٕ ذوقُک تہٕ سبٹھے محنتی آسنُک اندازٕ چھُ یمہ کتھِ ستی زبرپأٹھی سپدان زِ یم أسی کتابہٕ پننہِ اتھہٕ نقل کران تہٕ پتہٕ أسی تمن ہُنٛد معنی مطلب ووستادن نِش حأصل کران۔اتھ سِلسلس منٛز یم اہم قلمی نُسخہٕ مولوی صأبنین وأرثن نِش حأجنہٕ لبنہٕ آے تمن ہُنٛد تفصیل چھُ یتھٕ کِنی۔

۱۔شرح فقہ اکبر تاریخ ٦ ذی القعدہ ۱۲۸۰ھ

۲۔عین العلم تاریخ ۵ جمادی الثانی ۱۲۸۱ھ

۳۔کنز الدقایق تاریخ ۷ المحرم الحرام ۱۲۸۹ھ

یمو قلمی نُسخو علاوٕ چھِ بیٚیہِ تر بن کتابن ہٕنٛدی قلمی نُسخہٕ تہٕ دٔستیاب سپدی مٕتی۔تاہم چھِنہٕ یمن قلمی نُسخن ستی تأریخِ تحریر لیکھنہٕ آمٕژ۔یمن قلمی نُسخن ہٕنٛدی ناو چھِ یتھٕ کِنی :

# حالاتِ زندگی

مولوی صدیق اللہ زاو ۱۵ ربیع الاوّل ۱۲۴۸ھ مطابق ۱۸۳۲ء حاجن سونہِ وارِ۔ یہندِس باپہٕ صأبس اوس ناو مولوی عبد الفتاح، بُڑی بَبس مولوی حافظ تہٕ بڑٕ بُڑی بب اوسُکھ مولوی مقصود۔ مولوی مقصود اوس مولوی مراد صأبُن فرزند تہٕ تہندِس باپہٕ صأبس اوس مولوی عبداللہ ناو۔

یِیمہِ وقتہٕ تہٕ یتھ دورس اندر مولوی صدیق اللہ تولُد سپُد یہ چُھ کشیرِ ہندِ تأریخُک سیٹھاہے کرٕ یوٹھ، کٔڈرتہٕ نحس دور مانہٕ یِوان۔ کأشری أسی موغلو تہٕ پٹھانو گوڈے ظُلم تہٕ جبر ستی پنہٕ پنہٕ گری ژتی تہٕ یِمن سیٔد بن سادن مزید نتھ ہنہٕ وألی أسی امہِ دورٕکی سِکھ حکمران۔ مولوی صأبنہِ زایُن لبنہٕ وِزِ اوس سِکھن ہُند ظُلم طیس پیٹھ۔ اوتام أسی سِکھ حُکمرانن کشیرِ پیٹھ ژوداہ ؤری راج تاج کران گامتی۔ ژؤپأری اوس بےیٔوج تہٕ ناپُرسان۔ لؤکھ أسی ظأیلم حُکمرانن ہِند بن پنجن تل ژھرٕ ژھرٕ ٹھ کران۔ أتھی اندر وؤتھ ۱۸۳۳ء منز کشیرِ اندر تیُتھ دزاگ زِ یتھ وادی منز سکونت کرن واجنہِ آبأدی ہِندِس بیشتر حصس پھویا تہٕ ژٕلن نتہٕ گلٕن۔

کشیرِ اندر اوس امہِ وِزِ خال کُنہِ کُنہِ جایہِ مدرسا نظرِ گوھان۔ تم تہٕ

پیٹھ اوس نہٕ کٲشرِ اند رمشید منز ستووُہن ؤرین بانگ پرنک تہٕ اجازتھ۔ لۄکن دٕہن فکرِ تارُن تہٕ اوسنہٕ سہل تِکیازِ تم اٗسی تقریبن ساٗرۍ ووٚمۍ تہٕ زباٗنۍ زباٗنی سوٗرِ یاد کرِتھ اٗسی نمازِ سجدا دِوان تہٕ خدایس منگہٕ منگا کرِتھ پننہٕ مسلمان آسنک حق تہٕ ادا کران تہٕ پانس تسلاتہٕ دِوان۔ اتھ ناخواندگی یا غُربتکس پُر آشوب دورس اندر رُوٗ دۍ مولوی صاٗب مشیدن تہٕ مجلسن اندر اِسلاٗمی مسلن ہنز وۄکھنے کران تہٕ لۄکن قرآن شریف تہٕ دٕہنِ اسلاٗمکو باقے پہلوٗ فکرِ تارنچ کوٗشش کران۔

وعظ خواٗنی ہِتی چھُ پتہ وتہٕ پیٹھٕ وعظ خوانن ہُند "ہدیہ" شاٗمل رُوٗدمُت تہٕ اکثر مُبلغ چھِ پرٛتھ دورس منز دِہنک تبلیغ کرِتھ آنہٕ ژورتہٕ کماوان رُوٗدۍ ہِتی۔ تِتھین وعظ خوانن تہٕ عاٗلمن مُتعلق چھِ علمدارِ کشمیر شیخ العالمؒ ہُن ہُندِ کلامچ طنزیہ تژاے چشم کُشا۔ مولوی صدیق اللہ صاٗبنہٕ حوالہٕ چھےٚ یہ کتھ قاٗبلِ فخر زِ ساٗرے واٗنسہٕ دِہنِ اسلامُک تبلیغ کرنہٕ باوجود تہٕ اٗسی نہٕ تم اتھ عِوض اتھ دارٕنکۍ قاٗیل۔ تِہنٛدِس کلامس منز چھِ امہٕ حوالہٕ واضح اِشارٕ میلان یم ییمہٕ کتھِ ہُنز ژینہٕ ون دِوان چھِ زِ اتھ دارُن یا ہدیہ تہٕ خیرات منگُن اوس نہٕ تِمن خوش کران۔

مہٕ تھاوُم ژٕ موحتاج در عالمین
دِتم تاجِ ایمان با والدٕین

تم اٗسی نہٕ وعظ صرف پیرِ پیٹھ کھسِتھے یوت پران بلکہِ اٗسی نمازِ برٛونٛہہ

۱۔الاشباہ والنواظر

۲۔زارالفقین

۳۔شرح الصدور

زبانٕی شہادژ، لُکہٕ ربو اپژ تہٕ مولوی صأبنہِ کتابہٕ چھےٚ یِیمہِ کتھِ ہنٛز گوأہی دِوان زِ تم چھِ سبٹھاہ ذہین تہٕ محنتی أسی ٚمتی۔ علم حأصل کرنٕچ چھکھ زبردس کل أسمٕژ تہٕ علمہِ کِس تلاشس منٛز چھِ سبٹھہٕ محدوٗ دٕ وسیلو باوجودتہِ کٕژالہٕ پوٚروأتی ٚمتی ییٚتہِ پیر علی صأبنہِ نِگرأنی منٛز اکھ جان پایک مکتب چلان اوس۔ تہنٛزن کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کٔرِتھ چھِ واضح سپدان زِ تموچھُ عربی تہٕ فارسی زبانٕی ہنٛزن واریہن اہم کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کوٚرمُت۔ قرآن مجید، احادیث مبارک تہٕ فِقہس پیٹھِ چھکھ سرٛ نی تہٕ گٔنٛز نظر أسمٕژ۔

مولوی صأب روٗدی دُرٛس وأنسہِ تبلیغِ اسلام کران۔ چاہے أسی تہنٛزِ طبع زاد کتابہٕ پرٛویا تمن ترجمن سام ہموٚ یمہٕ تموکٔری ٚمتی چھِ، یہِ کتھ چھےٚ بِلکُل واضح سپدان زِ تہنٛزِ زندگی ہُنٛد بنیأدی مقصد چھُ دٟہنِ اسلامٕچ مُقدس تعلیم عام کرُن اوسمُت۔ اتھ سِلسلس منٛز روٗدی تم تحریری کارنامہٕ انجام دِنس ستی ٚستی وعظ وتبلیغُک سِلسلہٕ تہِ مُسلسل پأٹھی جأری تھأوِتھ۔ یہِ کتھ چھےٚ ییٚتہن قأبلِ ذِکر زِ تمن دوہن وعظ پرُن اوس نہٕ أزِکی پأٹھی اعزاز پوشی تہٕ عزت افزأیی ہُنٛد وٕسیلہٕ بنان بلکہٕ أسی یہِ نیک کأم انجام دِنس اندرتہِ واریاہ ٹھُری تہٕ مسلہٕ درپیش روزان۔ تأریٛخی اشاروتلہٕ چھُ ننان زِ أکِس مرحلس

پرناوان تہٕ أتھی اندر آیہِ یمن خلاف گورنرس نش عرضی پیش کرنہٕ یتھ اندر
حأجنس اندر نمازِ جُمعہ شُروع کرُن تہِندِ حسابہٕ غأرشرعی اوس۔ یہِ عرضی أس
گورنرس نش محمد عبداللہ قاضی ین پیش کرمٕژ تہٕ گورنرس ییلہِ یہِ ثابت گوٚزِ
حأجنہٕ چھےٚ امہِ برٛونہہ تقریبن شیٛٹھ وٕری جمعہ نماز پرناونہٕ یوان آسمٕژ، یوسہٕ
سِکھ گورنر شیر سنگھ نِس دورس منٛز قحط سألی وجہ سٕتۍ سرکأری طور بند کرنہٕ آمٕژ
أس، تمۍ کوٚر محمد عبداللہ قاضی سُند مقدمہٕ رد تہٕ مولوی صأبن تھوو نمازِ جمعہ
پرناونُک سِلسلہِ جأری۔ یمن پتہٕ نماز پرنہٕ خأطرٕ آسی حأجنہٕ کیٛن اکثر أندۍ
پٔکھۍ گامن ہندۍ لۆکھ خانقاہ واتان تہٕ آسی یِہندِ علمُک فأض پرٛاوان۔

مولوی صأب آسی شریف طبع انسان۔ سادگی تہٕ سنجیدگی چھِ یِہنزِ شخصیتکۍ
اہم اظہار آسی متۍ۔ کلامہٕ آسی سیٛٹھاہ کم کران تہٕ لہجہِ اوسُکھ نرم۔ یہِ وعظ و تبلیغس
منٛز فرماوان آسی تمکۍ آسی پانہٕ عملی پیکر۔ دٕہن فِکرِ تارنس منٛز آسی لولہٕ بوٚ رُت
انداز ورتاوان۔ ئلمی فتوئی بأزی آسی نہٕ کران۔ کُنہِ اِسلأمی نوقطُک تہٕ سوالُک
جواب آسی کُنہِ معاوضہٕ ورأے دِوان۔ اگر کُنہِ وِزِ کانٛہہ شخص غأرشرعی حرکتُک
مرتکُب سپدِ ہے، تس آسی بِرِ سان فہمأیش کرِتھ توبہٕ کرناوان تہٕ رٕژِ وتہِ لاگنٕچ
کوٚشش کران۔ مولوی صأبن یادداشت چھُ قأبلِ داد او سُمت تہٕ یِہُند کالہٕ بوج
تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہُند پرٛگوِ شأعر وہاب پرےچھ درویشی منٛز لکھان:

”مے چھُنہٕ کُل کٔشیرِ اندر یتھ حأفظ کأنسہِ أکس عألمس وُچھمُت
یُتھ مولوی صدیق اللہ ہس اوس خاصکٔرِتھ ہارِ باگیہِ اندر“

تہٕ نمازِ پتہٕ تہِ لُکن ہتی بیہان تہٕ مختلف اسلأمی نوقطن تہٕ مسلن پٹھ وو کھنے تہٕ وبۆ ھنے کران ۔ مولوی صأب رۆ دِ دُرٕس وأنسہِ لُکن فرض، سُنت، مکروہات مُستحب تہٕ وأجب بیترٕ اسلأمی مسلہٕ فکرِ تاران ۔ دراصل أس تمو لو کچار ہے اندر رضا علی صأبنہِ فقہہ ہس مُتعلق لیچھمٕژ کتاب کأشرأوٕمژ تہٕ تمہِ أسی أمی کتابہٕ ہٕندی شعرٕ نتھ لُکن مسلہٕ فکرِ تاران ۔ پتہٕ أسی یمہٕ شعرا اکثر بوزن وألی زبأنی یاد گرِتھ باقین تام تہِ واتناوان ۔ مولوی صأبنہِ امہِ تبلیغی مشنچ وبۆ ھنے کران چھِ محی الدین حأجنی لکھان ۔

”یتھہِ کنٕ أسی سیرت پاک منٛز چیدٕ چیدٕ حصہٕ ان پرن ہیچھٕناوان
پٔرٕ ونِبن أسی یمن دون کتابن ہنٛدی قلمی نُسخہٕ دِتھ نقل کرناوان تہٕ
بڑٕ ؤنہہ بڑٕ ؤنہہ نقل نویسی جأری تھاونک تاکید کران ۔ ژھوٹین
بحرن اندر آسنہٕ سببہٕ اوس یہ کتاب تہِ ان پر سہل پأٹھی ژٕ ببس تھاوان
تہٕ لۆکھ أسی اکھأکس ہنٛز مان مأنی امکی اشعار یاد تھاوان“

(وولرِ کوملر۔ صدیق اللہ نمبر، ص: ۱۳۰۔ ناشر حلقہ ادب سوناواری)

مولوی صأب أسی وعظ مجلسہٕ گرِ تہِ مُنعقد کران تہٕ یمن نِش أسی دینی مسلہٕ ہیچھناونہٕ خأطرٕ اکثر لۆکھ یِوان گرٕ ھان روزان ۔ لیکھہٕ پرٕ علاوٕ أس یمن صرف اکے کأم مٹہِ سو گیاو دین اسلامُک تبلیغ کرُن تہٕ بیٚیہٕ أسی حأجنہٕ کِس خانقاہس اندر اماہتکی فرأیض تہِ انجام دِوان ۔ یہندِس امامت کرنہٕ کِس سِلسلس منٛز چھُ اکھ واقعہ قأبلِ ذِکر یُس گوہ نذیم أسی خانقاہس منٛز جُمعہ نماز

# مولوی صدیق اللہ بحیثیتِ مُبلغ

پرٕژتھ کُنہِ دیٖنہٕ کہِ پھٕہلاوٕ تہٕ ترویجہِ باپتھ رٕوُدی مُتعلقہٕ دیٖنکی مُبلغ تہ پرٕچار کرن وٲلی کتھ باقین تام واتناونچ کوشش کران تہٕ یِتھٕ پأٹھی پھٕہلیاے دُنیاہس منز مختلف دین تہٕ مذہب۔ کانٛہہ عقیدٕ کُنہِ جایہِ قایم سپدنہٕ پتہٕ چھُ یِتہِ ضروری آسان زِ اتھ عقیدس پیٹھ اقرار کرن وٲلی عقیدت منٛد گژھن امہِ عقیدٕکہٕ تقاضو مُطابق یہِ دیٖن پالنہٕ تہِ امہِ سببہٕ چھُ تبلیغ دیٖن قایم تھاونہٕ خاطرٕ تہِ کرنہٕ یِوان۔ یوٚتامتھ زن دیٖنِ اسلامُک تعلق چھُ اتھ دیٖنس پیٹھ ایمان انن وٲلین پیٹھ چھُ امہِ دیٖنُک پأغام عام کرُن تہٕ باقے لوٗکن تام واتناوُن بنیأدی فرضن منز شأمل۔ امہِ اعتبارٕ چھُ پرٕژتھ کانٛہہ مُسلمان بامےسُہ کانٛہہ تہِ کأم کران آسِتن، دیٖنی مُبلغ تہِ آسان۔ پیغمبرِ اسلام حضرت محمدؐ ہُنٛد واضح حکُم چھُ زِ اگر توہہِ لگےٚ آیے کریم تہِ یاد آسہٕ سُہ واتہٕ ناوِو باقین تام۔ تاہم چھےٚ اتھ تنوظرس منز تِمن عألمن تہٕ نوقطہٕ دانن ہنٛز ذمہٕ دأری ہنا زیادے یِمن یِم دیٖنِ اسلامُک ژوٚر علم تہٕ آگہی تھوان آسن۔ یوٚ دوے دیٖنِ اسلامکہِ تبلیغہٕ تشہیرٕچ کأم یِتیٚ موٚژوٚد ہوشتوٚئری یِو پیٹھ یِہم پأٹھی انجام دِنہٕ یِوان چھےٚ تاہم گےاتھ رٕژِ کامہِ اندرا کھ ناپسند دید روِش یِہ پأدٕ کہِ یِہ بنوو کیٚژ و

مولوی صأب أسی خوددار تہٕ توے أسۍ نہٕ مُقتدی ین مانگے تام منگان ۔لۆکھ أسی یمن گرِ مانگے ہتھ یِوان تہٕ تِتھی پٲٹھ أسی اوذقہٕ چلاوان ۔قناعت پسندی تہٕ کفایت شعاری اوس یہنزِ زندگی ہُند قأبلِ داد انہار۔اگر یمن کُنہِ بیٚیہِ علاقکۍ لۆکھ دعوتِ تبلیغ دِوان أسی یہِ دعوت أسی یِم صرف أکِس شرطس پٲٹھ قبول کران زِ ہُدیہِ تہٕ چندٕ بیترِ پیہِ نہٕ جمع کرنہٕ ۔مولوی صأبُن طرِیقہٕ چُھ کُلہم پأٹھۍ شرعی اوسُمت ۔تِمہٕ أسی نہٕ مُبالغہٕ آرأیی کران تہٕ نہٕ أسی کلام فضول کران ۔شرم وحیا ہکۍ أسی قأیِل ۔زِٹھن أسی احترام کران تہٕ لوکٹن لول بران ۔مولوی صأب سپدۍ ۱۵ شعبان ۱۳۱۸ ہجری مُطأبِق ۱۸/ دسمبر ۱۹۰۰ءسہٕ وارِ دوہہ رحمتِ حق ۔یِہُند مقبر چُھ حأجنہٕ کِس خانقاہس نزدیکھ واقع تہٕ اتھ چُھ حلقہ ادب سوناواری حأجنہٕ کہِ طرفہٕ اکھ پیٚوٗ رتہٕ جموں کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز طرفہٕ اکھ لوح لاگنہٕ آمُت۔



بوزن والین زبر پأٹھی پلہٕ پیٚوان اُس۔ تہندی سامعین اُسی عموماً کھٔہن منٛز کأم کرن وألی گأمی کوٗ مٔلی آسان یمن فلسفیانہٕ کتھہٕ فکرِ تارُن واریاہ مشکل اوس یپأری اُسی یم بتھ چھلنکی طریقہٕ تہٕ باتےٚ فقہی معاملات زاننہٕ تہٕ اُنٛزراونہٕ باپتھ اکھأ رِکس ستی بوزوے تہٕ جنگہٕ جنگ کران۔ مولوی صأب اوس شاید اُمی سببہٕ پتمین سامعینن فقہی معاملات فکرِ تارنسے اندر زیادٕ وقت گذاران۔ امیک اوس اکھ رُت نتیجہٕ پتہٕ نیران زِ اگر کُنہٕ گرُک اکھ نفریہ کتھ بوزان اوس سُہ اوس پتہٕ گرِکین سارنے بأٹن فکرِ تاران تہٕ یتھہ پأٹھی اوس یہ تبلیغی مِشن وُسعت لبان۔ کینٛہہ زیرک ہُشیار مغز تہٕ کم کاسہٕ پرٛی متی لیکھی متی بوزن وألی اُسی دربارٕ پٔنٛچن پیٹھ بہتھ دینی مسلہٕ ونان تہٕ مولوی صأبُن حوالہٕ دِتھ اُس یمن یہ ڈِگری زِ تہٕ سند عطا کرنہٕ یِوان۔ مولوی صأب اُسی فارسی تہٕ زانان تہٕ عربی تہٕ مگر لُکن ستی اُسی ہر ہمیشہٕ کأشری پأٹھی کلامہٕ کران تاکہٕ تمن ترٛہن دینکی اُولِکی زأولِکی مسلہٕ تہٕ دوہدِنکی معاملات انمانہٕ فِکرِ۔

مولوی صأبُن تھووُنہٕ تبلیغُک مِشن صرف وعظ خأنی تامے محدوٗد بلکہٕ کربِکھ پننہٕ تمام ترشأعرانہٕ صلاحیژ تہٕ امہٕ باپتھ وقف۔ تِم اُسی فقہی مسلن شعرن منٛز گنٛڈِتھ پیش کران۔ لُکھ اُسی یم شعر بوزان یاد کران پتہٕ اکھأ رِکس بوزناوان۔ امہِ ستی اوس نہٕ صرف تہندِ دینی تبلیغُک مِشن لُکن منٛز پأنی پانے تروٗیج لبان بلکہٕ اوس شعر بوزناون والین تہٕ تہٕ بوزن والین تہٕ امہٕ طریقہٕ ستی من شاد سپدان۔ مولوی صأبٕنی فقہی مسلن متعلق لیکھنہٕ آمتی شعر پٔرِتھ تہٕ

لۆکو پیشہٕ تہٕ لوگُکھ امہِ کی ذریعہٕ پٔژن اوذقہٕ چلاوُن ۔ یوٗ دوے اتھ اندر تہٕ کانٛہہ حرج اوسنہٕ مگر تبلیغ کرن والبو لوگ اُجرتُک تقاضہٕ کرُن تہٕ کیژون جاین چھُ پتہٕ سپدان زِ وعظ پرنہٕ برٛونٛہہ چھُ واعظُک ہدیہٕ چُکاونہٕ یوان ۔ خال کانٛہہ کانٛہہ عالم تہٕ مُبلغ چھُ تیُتھ نظرِ گژھان یُس کُنہِ لالچہٕ تہٕ مقصدٕ بغٲر محض خدایہٕ سُنٛدِ رضا خٲطرٕ اسلامُک تبلیغ کران چھُ ۔ مولوی صدیق اللہ حاجنی اُسی امہِ حوالہٕ نیک سیرت تہٕ قابلِ احترام مُبلغ اسلام ۔ تِمو اُسی نہٕ وعظ صرف مُشیدٕ منٛزٕ یوت پران بلکہ اُسی کُنہِ تہٕ محفلہِ منٛز سمیمتن لۆکن دِتھ کتھ فِکرِ تاران ۔ نہٕ صرف اُسی قرآن وحدیثٕچ کتھ کران بلکہ اُسی فقہی مسلن متعلق تہٕ لُکن درس دِوان تہٕ کُنہِ ساعتہٕ تہٕ کُنہِ تہٕ طریقہٕ اُسی نہٕ کانٛسہِ نِش ہدیُک تقاضہٕ کران ۔ حالانکہٕ پتہٕ چھےٚ اکھ حقیقت تِہنٛد تعلق اوس مولوی خاندانس سۭتۍ تہٕ امامت کرنہٕ علاوٕ لُکن دین فکرِ تارُن اُس امہِ اعتبارٕ تِمن منصبی ذمہٕ داٗری ۔ تِمہٕ اُسی یہٕ سوٗرے کران مگر ہدیہٕ جمع کرُن ، ڈالہِ رٹنہٕ تہٕ پتہٕ باپتھ چندٕ جمع کرناوُن اوس تِمن گداگری برابر باسان تہٕ توے اُسی خدایس منگان زِ محتاجی نِشہٕ رٔچھ زِ بہ پرٛتھ عالمس اللہ ریتھ پننِس ایمانس رٔچھ کرِتھ ہیکہِ ۔ تِمن مُتعلق چھُ پتہٕ مولوم سپدٕ مُت زِ تِہنٛد طریقہٕ تبلیغ اوس مقامی سطحس پیٹھ لبنہٕ یِنہٕ والہِ تبلیغی طریقہٕ نِش منفرد تہٕ مختلف ۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی سنٛز بیاکھ بڑ بارٕ خاصیت اُس یہٕ زِ تِم اُسی دپنہٕ چِہ کتھ عام فہم زبانٔی منٛز مثالہ دی دی لُکن فکرِ تاران ۔ یوٗتے یوت نہٕ بلکہٕ اُسی تِم بوزن والین ہنٛدِ بترِ تہٕ ذہنی باڈوٕ مطابق کتھ کران ۔ یمہِ سببہٕ تِہنٛز کتھ

بدایع منظوم، پڑھ جایہِ چھےٚ کتھ دٕہن اسلامچی کرنہٕ یوان ۔ امہِ تلہٕ تہٕ چھُ واضح سپدان زِ مولوی صاٗب کِتیاہ دٕہن پرست عاٗلم تہٕ مبلغ چھِ اٗسی مٕتۍ ۔

مولوی صدیق اللہ اوس بوٚڈ بارٕ عاٗلم تہٕ فاضِل ۔ کٔشیرِ منٛز چھےٚ پتہٕ وتہٕ یہِ رِوایتھ روزمرٕ زِنجی معاملہٕ تہٕ نیاے اٗنزراونہٕ باپتھ اٗسی عاٗلمن ہٕدیہ دِتھ فُتویٰ ہینہٕ یِوان ۔ یہِ سِلسلہٕ اوس بڑ وٚنہہ کالہِ زیادے پٔہن چلان تکیا زِ اکھ لٔکن ہٕنز پڑھ اٗزی کہِ کھوتہٕ محکم تہٕ بیٚیہِ اٗسی نہٕ قضیہِ تہٕ فِتنہٕ اٗنزراونہٕ باپتھ اٗزِ کی پاٗٹھی جایہِ جایہِ عداٗلتٕ وان تہٕ پُلسہٕ تھانہٕ ۔ فتویٰ دِنہٕ واٗلی اکثر عاٗلم اٗسی فتوٕ جاٗری کٔرِتھ جان پوٚنسہٕ ٹوٗنک کماوان ۔ مگر مولوی صدیق اللہ اٗسی نہٕ امکی قاٗیل تِم اٗسی اکثر فتویٰ دِنہٕ نِش پتھے روزان تہٕ کوٗشش اٗسی کران زِ معاملات گوٚڑھی باہمی بوزشوزٕ سٕتی اٗنڈٕنی ۔ وٕنی ییٚلہِ سبٹھاہ مجبوری پییہِ ہِکھ تیٚلہِ اٗسی فُتویٰ لیکھان مگر امہِ باپتھ اٗسی نہٕ کانٛہہ ہدیہ یا معاوضہٕ ہیتزٕ رٹان ۔

مولوی صدیق اللہ ہن کٔری واریاہ تِم بدعت تہٕ ختم یِم خودغرض ملو لُکن ہٕنٛدِ عقیدٕ تُک حصہٕ بناٗوی مٕتۍ اٗسی ۔ مثلن یہِ زِ کاٗنسہِ تہٕ نفرٕ سٕندِ مرنہٕ پتہٕ گوٚڈن تِمی ہٕنٛدی استعمالکی ساٗری چیز اوٚخن صاٗبس دِنہٕ ینٕہٕ ۔ اتھ اوس کفارتھ وننہٕ یِوان ۔ بیٚیہِ اٗس یہِ رِواِیتھ تہِ قاٗیم کرنہٕ آمٕژ زِ کاٗنسہِ تہٕ شخصہٕ ہٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ گوٚڈِ ژِتجہن دوٕہن مقاٗمی مولوی لیس شامس ہٕتھے بتہٕ گرٕ واتناونہٕ یُن ۔ تِتھے پاٗٹھی اوس یہِ لاٗزِم زِ کانٛہہ تہٕ نیازٕ کرنہٕ وِزِ گوٚڈ مولوی صاٗبس بتہٕ تژٕ اٗمی گرٕ واتناونہٕ ینٕہٕ ۔ مولوی صاٗبن پھٕٹراٗوی یِم ساٗری رسم تہٕ اتھ پٔٹھ روٗدی امہ

بوزِتھ چھُ پرن وول تہٕ بوزِن وول پزٕی پأٹھۍ وِسان تہٕ وولسان ۔

دۆپ تٔمۍ یِس امامِ اعظم ناو
فرض ژورے چھِہ در وضو کن تھاو
بُتھ چھلُن یاد رٹھ بُتھِیک زٕچھر
مستہٕ پیٹھٕ تل ہوٕنگٕز تہٕ کن زٕ کھجر



ہیوٚک نہٕ اِستادٕ روزِتھے بیمار
گرٛہہ دپُس پرٕ ہیتھے چھُکھے لاچار
چھُس نہٕ یُد طاقتِ رکوع و سجود
بہٕ اشارٕ پٕرٕن ہیتھ ییلہِ روٗد
ہیکہِ نہٕ ہیتھے روبہٕ قبلہٕ شوٗنگِن
با اشارٕ مد د کلس[۱] سٕہ منگِن

(۱۔ کلس: یاں زِکلہٕ ستی اِشارٕ کران پٕرن نماز)

مولوی صاب اُسی نہٕ یِم شعر بوزِن والین بوزناوانے یوت بلکہِ اُسکھ گوڈٕ فکرِ تاران تہٕ پتہٕ پھرِ پھرِ بوزناوِتھ یاد کرناوان۔ امہِ تلہٕ چھُ صاف پأٹھۍ واضح سپدان زِ تِم چھِہ یِم شعر تہٕ تبلیغہٕ دِین کرنہٕ کِہ نیتے گنڈان اُسی ئمتی۔

مولوی صابن یِمن تہٕ موضوعن پیٹھ قلم تُل تِم سأری چھِہ مذہبی نوعیتکی۔ چاہے اُسی مغازی النبیؐ پرو، شکل و شمایل انحضرتؐ پرو، معجزات النبیؐ پرو یا

# مولوی صدیق اللہ سنز رزمیہ شاعری

مولوی صدیق اللہؔ دوے گُلہم پاٹھ اکھ دینی شاعر چُھ تہٕ تِہنز باوتھ کارِ ہُند مؤلہِ مقصد چُھ مؤلہ تلہٕ دینِ اسلامک تبلیغ۔ یُس تِموتتھ زمانس اندر وعظ و تبلیغ کرنس سِتی سِتی شاعری ہِندِ ذریعہٕ انجام دِیُت ییلہ کشیرِ اندر اسلامی درسگاہن تہٕ باقے مذہبی سمن بلن ہُند سبٹھاہ کم اہتمام اوس۔ تاہم چھے مولوی صأبنہٕ زٕ کتابہٕ یعنی سکندر نامہٕ تہٕ مغاذی النبیؐ رزمیہ شاعری ہندِس زُمرس منز یِوان تہٕ غورٕ سان وِچھنہٕ پتہٕ چُھ یہ نَنان زِ یِمہٕ دوشوے کتابہٕ لیکھنُک مؤلہِ مقصد تہِ چُھ مولوی صأبس دینہٕ کی نقطہٕ وبوٗ ھناوِنی اوسُمت فرق چھے صرف فارمہٕ ہنز۔

محی الدین حأجنی ین چھے یِم دوشوے کتابہٕ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہندِ اھتمامہٕ شایع کرنہٕ آمتِس صدیق اللہ سندِس کُلیاتس منز شأمل کرِمژٕ، مگر یِمن ہُند مطالعہٕ کرنس دوران چھ باسان زِ مِتنس منز چھے کیٛاہتام پرگی۔ کینٛہہ حصہٕ چھِ یاتہِ رأوی مِتی نتہٕ چھِ نقل کرن والو ہذف کری مِتی۔ محی الدین حأجنی لیس چُھ امہِ کتھِ ہُند پانس تہٕ شِدتہٕ سان احساس اوسُمت ییمیُک اندازٕ تِہندی اتھہٕ لیکھنہٕ آمتِہ ییمہِ عبارتہٕ سِتی زبرپأٹھی گوٚھان چُھ۔

بٲوجود تہٕ مرنہٕ پتہٕ کس سائتس تام ڈٔٹھ زِ باقی مولوی صٲب گٲس اتھ پیٹھ ناراض۔ مولوی صدیق اللہ سٕنز تبلیغی شاعری ہٕنزِ حوالہٕ چھےٚ فقہی مسلن متعلق لیکھنہٕ آمژٕ یہٕنز کتاب ''بدایعِ منظوم'' قابلِ توجہ۔ اتھ اندر رچھےٚ دینِ اسلامچن بنیأدی عباداتن ہٕنزِ حوالہٕ مسلن ہٕنز وبوٚ ھنے سہل تہٕ رواں شعرن اندر رکرنہٕ آمژٕ۔ یہ کتاب چھےٚ رضا علی سٕنز فارسی لیس منز لیکھنہٕ آمژِ امی عنوانچہ کتابہِ ہُنز کأشُر ترجمہٕ۔ وننہٕ چھ یِوان زِ امہِ کتابہِ ہُند اکھ اکھ شعر اُسی لۆکھ یاد کران تہٕ اکھأ رِکس بوز ناوان تہٕ یتھہِ پأٹھی اوس مولوی صأبنس تبلیغی مِشنس وسچار تہٕ پوچھر میلان۔



ستی کتابت شیپٹن ہنز اُجرت چُکاونس وقت لگہِ ہکھنہٕ ) کتابہٕ منز کوتاہ حصہٕ روزِ ہے پتھر تیُج اُس نہٕ تمن کانُہہ فکر"

(مولوی صدیق اللہ نمبر۔ وولر کوطر۔ صفحہ ۷۸۔۷۷۔ حلقہ ادب سوناواری)

یمن دون کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ کتھ بالکل واضح سپدان زِ مولوی صدیق اللہ چھُنہٕ مؤلہٕ تلہٕ رزمیہ شاعر اوسمتے۔ باسان چھُ زِ تمو چھےٚ یمہٕ دوشوے کتابہٕ پننین تمن باقے ہمکال شاعرن ہنٛدِس غارشعوری اثرس تل لیچھ مۆ یمو منز اکثر رزم نگار آسی۔ وون گو تمہٕ ہیکہٕ ہن نہٕ وہاب پرے ینٛز پاٹھی شاہنامہٕ یا اُمیر شاہ کریری ہنٛدی پاٹھی سامنامہٕ بیترِ خالص داستانوی ٲوبیتچہ مثنویہٕ لیکھتھ توے کوٚر تمو رزم لیکھنہٕ وزِ تہٕ تمن موضوعن ہُنٛد انتخاب یمن اکھ اسلامی پس منظر اوس۔ سکندر نامہٕ لیکھتھ چھِ تم تمی ہے زولقرنین سنٛدِ حوالہٕ باوتھ کران یُہنٛد ذِکر سورہ الکہف کِس ۸۳مس آیس منز یمہٕ آیہٕ کرنہٕ آمُت چھُ:

وَیَسۡئَلُوۡنَكَ عَنۡ ذِی الۡقَرۡنَیۡنِ ؕ قُلۡ سَاَتۡلُوۡا عَلَیۡكُمۡ مِّنۡهُ ذِكۡرًا

"تہٕ پرٛژھان چھو توہہٕ تم ذولقرنینس متعلق۔ تُہۍ تمن زِ بہٕ ونو توہہٕ تمن متعلق عنقریب"

اِنَّا مَكَّنَّا لَهٗ فِی الۡاَرۡضِ وَ اٰتَیۡنٰهُ مِنۡ كُلِّ شَیۡءٍ سَبَبًا فَاَتۡبَعَ سَبَبًا

بے شک بنوواسہٕ سہٕ زمینگ بسکین تہٕ دِییُس پرٛتھ چیزس تام واتنگ طاقت تہٕ تمۍ رٹ اکھ خاص وتھ"

"دونوٗنی کتابن چھپے ناشرو واریاہ حصہٕ حذف کٔرتھ یِرِوٕنی ناوٕ گرہ ہوتہٕ
دونوٗنی ہِنٛدی ابتدأیی نُسخہٕ چھنہٕ کُنہٕ دٔستیاب سپدان ۔یِم دونوے کتابہٕ چھپےلؤکو
چھاپ کرناوِمژٕ یِمن منٛز مشہور بزرگ خلیل صأب (سرینگر) تہٕ خواجہ سونہٕ جو
مٹاس قأبلِ ذِکر چھِ ۔ خلیل صأبن کرنووسارنےٕ برٛونٛہہ مغازی النبیؐ ۱۹۰۵ ءمنٛز
تہٕ چودھری سونہٕ جو مٹاسن ۱۹۱۱ ء اندر سکندر نامہٕ (مطبع حمیدیہ
لاہور) چھاپ ۔مولوی صأب گیہٕ ۱۹۰۰ ءیس منٛز غریقِ رحمت ۔یِمن پتہٕ نہٕ اوس
کانٛہہ جہان دِیِد وٲرثاہ یُس یہٕ وِچھِہے زِ نأشرو کوتاہ مواد چھُ اصلہٕ اندر پھِر
ترٛوومُت (تِمن اوس کُنےٕ فرزند مولوی احمد اللہ یُس مولوی صأبس پتہٕ کیٚہ کال
گٔژھتھ عینِ جوأنی منٛزٕے غریقِ رحمت گو۔ مولوی احمد اللہٕ ہس تہٕ اوس کُنےٕ
نیٚچو مولوی امین یُس سبٹھاہ لوکُٹ اوس تہٕ کانٛہہ ہمدرداہ کم از کم تِتھی حِسس پروف
ریڈنگ کرِ ہے چھاپس منٛز اننہٕ اوس آمُت ، اوس نہٕ یِمو دویوٗ گأیلو علاوٕ سزٕا کھ بیا کھ
بدقسمتی تہٕ ۔یِمن دونوٗنی تخلیقن ہِنٛدی اصلی مسودٕ رٕو دی نہٕ کانٛسہٕ اَکِس نِش موجود
نہٕ پتٕمِن نِش نہٕ کانٛسہٕ وو پرس نِش ۔نتیجہٕ دژاو یہٕ زِ اصل نُسخہٕ تلف کٔرتھ رُو داڑ گوٚر
مطبوعہ سکندر نامہٕ تہٕ مغاذی النبیؐ عوامس برٛونٛہہ کنہٕ تہٕ یہٕ تغافل رُو دٕوٕ ری وادن
(نصف صدی زیادٕ کالس) چلہٕ وُن ۔یوٗ تام یِمن کتابن ہِنٛدی وارِیاہ ناقص
ایڈیشن چھپان گے تہٕ پکان گے ۔ناشرن اوس برٛنٛتھ کانٛہہ کأمِر کتاب چھپاون
وِزِ برٛونٛہہ اکھ "شوبدار" منصوبہٕ پیشِ نظر آسان زِ کتاب گوٚ ژھِ پرٛتھ صورتس اندر
شُرہن،دوٕ یہٕ ترٛہن یا ارتاہِن صفن اندر اندر چھاپس کھسٕنی ۔(یُتھ کأتبس

چُھ مطلب بدل شوقِ ذکرِ رسولؐ
زبأنی در الفاظ کیاہ دِیُن چُھ طوٗل
(مغازی النبیؐ)

باسان چُھ زِ تِم چھِ یِم رزم لیکھنس دوران زنتہٕ گیرٕ گمتی اُسی ءِ متی یمیک ٹاکارٕ اظہار تِہنٛدین شعرن اندر میلان چُھ۔

چُھ صدیق از صدقِ گُمراہ گوٚمُت
کرُس دستگیری چُھ در چاہ پیوٚمُت

اکثر جنگنامن اندر چُھ مرکزی کردار یانو زِہیر وتمہٕ انمانہٕ پیش کرنہٕ یوان زِ زنتہٕ تِس برابر چُھییہ نہٕ کانٛہہ خاص گرِتھ زورن اندر تہٕ دِلاوٗری منز۔ کیٚنٛژن جنگ نامن ہنٛدی ہیرو مِثلن رُستم چھِ رزم نگارو تِتھہٕ کٔنی پیش کٔری ءِ متی زِ اکی گورٕ ٹاسہٕ ستی چھِ ساسہٕ بٔدی مقابلہٕ کرن وٲلی، ساسہٕ بٔدی سِپاہ تہٕ کمانڈر پٔتھرِس لاران۔ یُس کُن گژھتھ تہٕ عقلی تقاضو مطابِق چُھ یہِ غأر فطری تہٕ عقلہٕ نہٕ وبُوٗن لایق معاملہٕ۔ مولوی صدیق اللہ ہس چُھ امیک شدتہٕ سان احساس اوسمُت اوے چھِ تِم فتحیأبی ہُنٛد وجہ نیکوکارن ہنٛدِ بن دُعایہٕ خأرن ہنٛز قبولیت تہٕ خدأیی مددمانان نہٕ زِہیر وسُنٛد مرٛدٕ بل تہٕ دلاوری:

ووٚں ما آیہٕ کیٚنٛہہ شیر مردی بکار
کوٚرُکھ تا چہل روز یِتھ کارٕ زار
بہٕ یک لحظ نیک مردن ہُنٛد دُعا

حَتّیٰ اِذا بَلَغَ مَغرِبَ الشَّمسِ وَجَدَھَا تَغرُبُ فِی عَینٍ حَمِئَتٍ وَّ وَجَدَ عِندَھَا قوماً ط قُلنا یَاذَ القُرنَینِ اِمّا اَن تُعذِّ بَ وَاِمّا اَن تَتَّخِذَ فِیھِم حُسنا

"یِوٚ تام زِ یِیلہٕ سہٕ آفتاب لوٚ ئِسنِکس مقامس پیٹھ ووت تہٕ وُچھکھ آفتاب سِیاہ سٔدرس منٛز غآب گژھان ۔ اَتی تھےٚ لوٚب اَمیٚ اکھ قوم تہٕ اسہٕ وونُس "اے ذولقرنین یا تہٕ دِیمن سزا نتہٕ لاگُکھ رٕ ژِ وتہٕ"۔

تاہم چُھ مولوی صدیق اللہ اتھ موضوعس پیٹھ قلم ٹُلنہٕ وِزِ بےٚ شوٚنکی پاٚٹھی تتھ اثرس تَل تہٕ یِوان یُس سکندرس متعلق لُکہٕ لورس اندر وو کھناونہٕ تہٕ ورتاونہٕ یِوان چُھ ۔ کینٛہہ وسخنور تہٕ داستانوی شاعر چھےٚ سکندرذٕ پتھ یوٗنانہٕ کِس سکندرِ عظمس تھٔر کھاٚجوٚ تہٕ ہنا بڑ وٚنٛٹھ پہن پکِتھ چھِ یمہٕ ساٗری چیز رلٕ گٔمتہٕ تہٕ اتھ رل گرٕس منٛز چھِ مبالغہٕ زیادٕ تہٕ حقائق کم بڑ وٚنٛٹھ کُن یِوان ۔ یہٕ پاٚرِ چھُ یِتہٕ اکھ پزر زِ ساٗرسے شاعری بالعموم تہٕ رزمیہ شاعری بالخصوص چھِ مبالغہٕ آرائی رتھِ کھالان تہٕ اتھِ انان ۔ مگر مولوی صدیق اللہ اوس نہٕ امہٕ رمز ازٕ کےٚ تہٕ نہٕ اوس سُہ تیُتھ ہیوٚ کینٛہہ لیکھُن یژھان یمہٕ ستی حقائق پس منظرس منٛز گژھہن ۔ یوٚ ہے چُھ وجہ زِ تِموچھےٚ سبٹھاہ اختصارس کام ہیتھ کتھ جل جل اند واتناونچ کوشش کٔرمژٕ تہٕ امیک برملا اظہار چھکھ پتمین دوشوٚنی رزمیہ کتابن اندر کوٚرمُت :

ووں بہتر کرُن مختصر قیل وقال
چُھ طوٗلِ کلامُک نتیجہ ملال

(سکندر نامہ)

شاعرن مزاژس براہ یوان۔ اِوکنی چھنہٕ مولوی صدیق اللہ سُند سکندر نامہٕ تمہٕ
انمانہٕ لُکن منز مقبول تہٕ مشہور سپُد مُت ییتھ کنی تسُند بن ہم عصر وہاب پرےتہٕ
امیر شاہ کریری سندی شاہنامہٕ، اکبر نامہٕ، سامنامہٕ تہٕ خاور نامہٕ تقریبن پرتھ
بستی اندر پرنہٕ تہٕ پرناونہٕ یوان آسی۔ مولوی صدیق اللہ ہن چھِ پننی کنی
کوشش کرِہو زیِہ نامہٕ گوڈ ہرِ ژِ شعر زبانی تہٕ رواں باوتہٕ کہِ ذریعہِ لُکن تام
تِتھ کنی واتُن زِ اتھ منز گوڈہِ ہے ہٹہِ وسنک جودتہٕ ژتھ گوھنک تاثیر پادٕ مگر
شاید چھنہٕ تم اتھ منز پزنہٕ پاٹھی کامیاب سپدی متی۔

سپُن وقتِ نصرت بہ شاہِ دلیر
دوپُن وقتِ حملہ چھ لاگو مہ ژیر
بہ صد حملہ گو شاہ فیروز مند
سُہ قنطال اوُنُن رٹِتھ در کمند
بہ یک بارگی روسی ین پھیور بخت
سکندر سپُن صاحبِ تاج و تخت

پننی کنی کڈی مےٚ یِم شعر مولوی صدیق اللہ سند سکندر نامہٕ منز ژارِتھ مگر
تمہِ باوجود چھ مےٚ پننہٕ جایہِ احساس زِ یِم شعر چھِنہٕ تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ زیادٕ
معیاری بنتھ وتلان۔ عام فہم بیانیہ زبان تہٕ جنگ نامن ہندِ عام قسمکہِ تہٕ
روایتی طرزِ بیانچ پوٗت آواز۔ امہِ باوجودتہٕ چھےٚ یہِ کتھ شبقہِ زِ سکندر نامس
چھِ کاشرِس ادبس تہٕ خاص کر کاشرِ رزمیہ شاعری اندر پننی اکھ الگ اہمیت۔

## سپنٛز ییل رہزن کوٚرُکھ التجا

رزم لکھنس کُن تہندِ رأغب نہٕ آسنٛک چُھ ییمہِ کتھِ تل تہٕ ثبوتٕ میلان زِ تموٚ چُھ سکندر نامہٕ یہِ ڈٕلِ زِ تہِ مُشی مُشی لیوکھمُت۔ شروع کرنہٕ پتہٕ أتی ترٛ وومُت تہٕ پتہٕ وارِیاہ کالہٕ کیٛژون دوستن ہٕنٛدِس اصرارس پیٹھ دُبارٕ شروع کوٚرمُت۔ تِم چھِ سکندر نامس تأریخ یا کانٛہہ مُستند واقعأتی سلسلہٕ وننہٕ بجایہِ چھیکرس پأٹھی ڈٕلیل، داستان یا قِصے مانان تہٕ یہِ قلمبند کرنس پیٹھ چھِنہٕ کُنہِ اطمنانک یا خوشی ہُنٛد اظہار کران۔ سکندر نامہٕ چُھ فارسی لیس اندر نظأمی ین ہہمہِ صدی عیسوی دوران لیوکھمُت تہٕ امہِ پتہٕ ہتہٕ وادٕ ری وأ ژیہِ مثنوی کٔشیرِ تہٕ مولوی صدیق اللہ ہن کوٚر رداہ ساس پانٛژہ ہتھ شعرن پیٹھ مشتمل اتھ طویل نامس خلاصہٕ تہٕ اختصارٕ سان کوٚرُکھ بیان۔ کأشرِس منٛز یہِ مثنوی پھرنہٕ وِزِ تھوو صدیق اللہ ہن نظأمی سُنٛد نفسِ مضمون قأیم۔ ییمن دوشوٕنی سکندر نامن منٛز چھےٚ اکھ دلچسپ مشترکہٕ کتھ سوٚ گیہِ یہِ زِ ییم چھِنہٕ سکندرس کانٛہہ بادشاہ یا حأکم مانان بلکہ چھِ ییم سکندر ڈٕپتھ یہِ پرٛژھ درراونچ کوٚشش کران زِ یہِ عظیم ہستی چھےٚ سُے ذُلقرنین ییمہِ سُنٛد تذکرٕ قرانِ مجیدس اندر سپدمُت چُھ۔ سکندر نامہٕ کہِ نفسِ مضمون کِس حقأنتیس پیٹھ بحث کرُن چُھ اکھ الگ علمی موضوع۔ وٕنکٕس وُنھ یہِ تذکرٕ محض اتھ تنوٕظرس منٛز کہِ مولوی صدیق اللہ ہن چُھ یہِ ترجمہٕ تِتھی جذبس تحت کوٚرمُت یُس تِہنٛدِ کُلہم شأعرانہٕ سفرُک محرک اوس۔ مےٚ چھُنہٕ یہِ ہرگز تہٕ گوٚب باسان زِ یہِ صنف چھنہٕ دینی تہٕ عقیدتی

بالکلِ عیاں زِ مولوی صابنہِ ڈسی انجام انئہ آمتہٕ امہِ اہم کارنامکۍ واریاہ حصہٕ چھِ تلف گمتۍ ۔ امہِ سببہٕ چھ یہنز اتھ اہم کتابہِ پٹھ تبصرٕ لکھن وول یا نقادیہِ ڈلِ زِ تہِ شش پنجس گوھان تہٕ پھرِ پھرِ سۆنچان زِ امایتھ ماچھ بیٚیہِ تہ کینٛہہ اوسمُت یتہٕ موجود چھُ ۔ تکیازِ بڈی بڈی واقعہٕ چھِ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ ناقابلِ یقین اختصارٕ سان بیان کرنہٕ آمتۍ ۔ ییمہٕ ستۍ پرن وول یا بوزن وول شش وپنجس گوھان چھ ۔ محی الدین حاجنی سِنٛدِ لیکھنہٕ مطابق چھِ مولوی صابنین مُسودن یہِ ژٕھ کیٹھ نائشرو کرنآوہمژ ۔ امہِ باوجود تہِ چھےٚ یہِ مولوی صابٕنۍ ساروے کھوتہٕ بڈٕ تصنیف تہٕ اتھ اندر چھ واریاہن غزواتن تہٕ سرایاہن ہُنٛد تذکرٕ میلان ۔ یہِ کتاب چھےٚ مناجاتہٕ ستۍ شُروع سپدان پتہٕ چھُ حسبِ روایت اتھ اندر نعت ،نعتہٕ پتہٕ منقبتِ چاریار ۔ شاعرن چھ کتاب لکھنٕک وجہ تہِ مختصر پاٹھی بیان کۆرمُت یُس پرِتھ واضح چھ سپدان زِ یہِ کتاب لکھنہٕ وِزِ تہِ چھُنہٕ یمن شوقِ شاعری غالب اوسمُت:

ہتا روز یُدوے نہٕ آسکھ غبی
کنو بوز کاشُر مغازی النبیؐ
چھُ مطلب بدل شوقِ ذِکرِ رسول
زبانٔی در الفاظ کیاہ دِیُن چھُ طوٗل
خصوصن دریں وقت خلقن نہٕ شوق
بہ گردن گوٗمُت غفلتُک نٲلی طوق

امکۍ حُسنِ قبوح کڈٕنۍ چھُ پَنُنہٕ جایہِ بجا مگر کاشُرِ رزمیہ شاعری پیٹھ قلم تُلن وول کانٛہہ تہٕ نقاد یا محقق ہیکہِ نہٕ یہِ رزم نامہٕ نظرانداز کٔرِتھ۔

مغازی النبیؐ چھُ مولوی صدیق اللّٰہ سُند بیا کھ اہم کارنامہٕ یُس رزمیہ شاعری ہنٛدِس زُمرس منٛز یوان چھُ۔ اتھ اندر چھِ مولوی صابن کینٛہہ غزوات تہٕ سرایا منظوم کٔری مٕتۍ تاہم چھُنہٕ واضح سپدان زِ امہِ کتابہِ ہُنٛد ترجمہٕ کمہِ نُسخہٕ پیٹھٕ چھُ تمو کوٚرمُت۔ یتھ دورس مٕتۍ مولوی صابُن تعلق اوس تتھ منٛز اوس کٔشیرِ اندر فارسی زبانٕۍ ہُنٛد کأنی چلے جاو۔ اکثر کاشرۍ شاعرٕ اسۍ اتھ زبانٕۍ اندر لیکھنہٕ آمٕژ رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی یہِ کاشرِس منٛز پھِرِتھ لُکن ہُنٛد توجہ پانس کُن پھِران۔ اتھ زبانٕۍ اندر اوس مغازی النبیؐ لیکھنُک سِلسلہٕ تہِ واریاہ بڈٕ وٛنہہ شروع گومُت تہٕ صرف ایرانٕۍ تہٕ وسطہ ایشیایی شاعرٕ اسۍ نہٕ اتھ موضوعس پیٹھ طبع آزمائی کرِتھ نبی صابس خراج عقیدت کران بلکہِ چھُ کٔشیرِ منٛز روزن والیو واریاہو شاعروتہٕ فارسی زبانٕۍ اندر اتھ موضوعس پیٹھ قلم تُلمُت۔ اتھ سِلسلس منٛز یُس ابتدائی شہادت دستیاب سپزٕ مٕژ چھےٚ سو چھےٚ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ ہِن ہنٛدِ دِسۍ فارسی لیس منٛز لیکھنہٕ آمتہِ مغازی النبیؐ ہچ۔ باسان چھُ زِ مولوی صابن ما آسہِ امی نسخہٕ پیٹھ اِستفادٕ کٔرِتھ یا امی نِشہِ تحریک لٔبِتھ کاشرِس منٛز مغازی النبیؐ منظوم کٔرمٕژ، حالانکہِ تمن مٕتۍ مٕتۍ چھےٚ حسن شاہ کھوٚیہامی، وہاب پرے، محمد اسماعیل نامی تہٕ بییہِ کینٛژو شاعروتہٕ اتھ موضوعس پیٹھ باوتھ کأری کٔرمٕژ مگر مولوی صابس چھےٚ اولیت حاصل۔ تاہم چھےٚ یہِ کتھ

ژٕوداہ ژٕنی زِ اصحاب حق گے شہید
تِمن مرحبہ از ازل بےٚ سعید
بہ کفار حأصل سپُد لوکتا
ستتھ ژٕنی لِدکھ قاد مۆدِکھ ستتھ

چھیکرس چھِ اَسی یتھ نتیجس پٮ۪ٹھ واتان زِ یِم زیمو دوٕیو کتابو ستی چھُ مولوی صدیق اللہ اکھ اہم ادبی مورخس تہٕ محققس امہِ دورچہ غأ لِب شعری رُجحانن نسبتھ کتھ کرنہٕ وِزِ پانس کُن رأغِب کران تہٕ دؠیمہِ طرفہٕ چھُ رزمیہ شأعرن ہِندِس صفس اندر شأمِل سپدتھ تِہ تمی مشنچ پأروی کران یُس تمہٕ سُند منہٕ مون تہٕ محبوب چھُ۔ یعنی دینِ اِسلامچ کتھ عام لُکن تام واتناوٕنی۔ مغازی النبیؐ کتابہِ اندر ریٚمن غزون تہٕ سراین ہُند ذِکر مولوی صدیق اللہ ہن کۆرمُت چھُ یہِ چھُ کأشرِ شأعری اندر اگرا ےوِچھوتہٕ تأریخِ اِسلامہٕ کہِ امہِ پہلوٕکHistorical Account بنان۔ یِم سأری معاملات تہٕ واقعات زیرِ نظر اَنتھ چھُ کأشرِ زبأنی ہِندِس اَمِس دینی تبلیغی شأعرِ سُند شأعر آسنہٕ باوۄجوٗد تہِ یُہ تاہ سنجید فِکر اَسُن توجہ طلب۔ یہِ چھُ پۆز زِ موضوع تہٕ مضمون سبتھٕ ہے محتاط تہٕ واقعأتی طور پیش کرنہٕ ستی چھُنہٕ صدیق اللہ پننین شعرن تمہِ انمانہٕ وُتشاول تہٕ جِبلتن زیر دِنہٕ وألی بناوِتھ ہبکان مگر پنُن اکھ خاص اسلوٗب تہٕ آہنگ پیش کٔرِتھ چھِ یِم بہر حال کأشرِ شأعری اندر اکھ الگ پرٛزنتھ تہٕ وکھر حیثیت ہتھ بژٕنٹھ کُن یوان۔

## حدیث و قرآن پرِتھ کوٚژھن اژن
## ونِکھ قصہٕ سام و رُستم نژن

امہِ پتہٕ چھِ تمہِ سیرتِ رسولؐ کہِ حوالہٕ تِہنٛدِ میلادُک حال احوال عقیدت ستۍ بٔرِتھ شعرن اندر پیش کران۔

مولوی صدیق اللہ اُسی بہلہِ پایہٕ عالمِ دین، قرآن حدیث تہٕ فِقس پٮ۪ٹھ اُسکھ سرٕ نۍ تہٕ گٔنۍ نظر۔ مزازٕ کنۍ اُسی تم مُبلغ تہٕ دینِ اسلامٕکس تبلیغس ستۍ ستۍ اُسی رٕژن کتھن ہنٛز تشہیر کرنس منٛز پہل کران۔ مغازی النبیؐ ییس اندر تہِ چھِ تم غزواتن ہُنٛد بیان کرنس دوران نصیحت آموز کتھہٕ وٕہناوان تہٕ ووکھناوان ییمہِ ستۍ ییمہِ کتھِ ہُنٛد اندازٕ سپدان چھُ زِ تِہُنٛد موٗلہٕ مقصد چھُ رژرٕک پرٕژار کرُن تہٕ تہِ چھِ تم پرٕتھ جایہ تہٕ پرٕتھ انمانہٕ کران۔ محی الدین حاجنؔی سُنٛد یہِ وَنُن تہِ چھُ پوٚز زِ مغازی النبیؐ لیکھنس دوران چھُنہٕ مولوی صابن آنحضرتؐ ہن ہنٛدِ شخصیتٕکس امن پسندانہٕ پہلوٗس پٮ۪ٹھ تمہِ انمانہٕ لیوکھمُت یُس یمن نِش توقع اوس۔ مگر امہِ باوجود چھُ یِہ پرٕزِ مختلف غزون تہٕ جنگن ہُنٛد حال احوال بیان کرنس دوران تہِ رٔوۍ تم عقل و استدلال تہٕ شریعت کین حدن اندر تہٕ کانٛہہ تہِ واقعہٕ بیان کرنہٕ وِزِ ہیٚژکھ نہٕ باقے اکثر رزم نگارن ہنٛدۍ پأٹھۍ مبالغس کأم:

عمر صاحبن دوٚپ یہِ بوزیا کلام
دوٚپُس حضرتن بوز واللہ تمام

# شکل وشمایل آنحضرتؐ......اکھ جائزٕ

دُنیاہس اندر چھِ احمدِ مجتبیٰ محمد رسول اللہؐ ہنز شخصیت سبٹھاہ بابرکت، پُر وقار تہٕ تعریفن لایق۔ محمد لفظُک لغوی معنی چھُ سُہ یس تعریف کرنہٕ یِن۔ حضورِ پاکؐ سٕندِ ولادتہٕ پتہٕ ازتام چھِ دُرٕس دُنیاہس اندر لۆکھ لگاتار تہندِ حُسن وجمالکی تہٕ بے بدل سیرتٕکی تعریف کران۔ تعریف کرن والین منز چھِ مختلف زبانن اندر باوتھ کرن وٲلی شاعر تہٕ سخنور تہِ موجود۔ یمن طبع آزمٲیی کرن والین آنحضورنؐ ہٕند بن عاشقن ہندی منظوم خراج آے ضبطِ تحریرس اندر تہِ تہٕ شوقہٕ والہِ گری زبٲنی یاد تہٕ روزی اکھ اَکِس بوزٕ ناوان۔

دُنیاہچین باقے زبانن ہٕندی پٲٹھی چھِ کاشرِ زبٲنی ہٕندیو شاعرو تہٕ مٲری مندی تہٕ منہٕ مٲنی نعت لیکھی ہٕتی یم اکثر محفلن تہٕ مجلسن اندر بوزنہٕ تہٕ بوزناونہٕ یِوان چھِ۔ شکل وشُمایل آنحضرتؐ چھِ مۆلہٕ تلہٕ نعت گویی ہُنٛدُ اکھ پہلو تہٕ اتھ موضوعس پتھ تہٕ چھےٚ سانیو کینٛژو شاعرو شاعرانہٕ مہارتہٕ سان باوتھ کٔرمٕژ۔ یمن شاعرن اندر چھِ مولوی صدیق اللہ حاجنی اکھ خاص مقام تھوان۔ صدیق اللہ اوس مۆلہٕ تلہٕ بوٚڈ عالم تہٕ اوٚ کنہٕ یہِ کینٛژھاہ سُہ شاعری اندر لیکھان اوس تتھ اندر چھےٚ مُبالغہٕ آرٲیی سبٹھاہ کم تہٕ حقیقت گویی واریاہ زیادٕ

(۱) حضرت نظأمی ین اوس کینژون مُفسرِن نش یِتہٕ بوزمُت زِ سکندرِ اعظم چُھ سُے عظیم ماتح یس قرآن مجیدس اندرز ولقرنین ونہٕ چھ آمُت۔ مولوی صدیق اللہ تہٕ آسی یہِ عقیدِ مانان۔ حالانکہِ ییٚمہِ صدی (وُہمہِ صدی) ہِندِ تحقیقاتہٕ موجُب چُھ ونہٕ یِوان زِ ذولقرنین چُھ یاتہٕ ایرأنی شہنشاہ دارا اول (بیان الفرقان ،مولانا محمد علی) نتہٕ اکھ بادشاہ (تفہیم القرآن: مولانا ابوالاعلیٰ مودوٗدی)۔ حضرت نظامی یس پأروی کران اوس مولوی صدیق اللہ ہس یہِ عقیدِ بنیومُت زِسکندرِ فیلقوسی چُھ ذولقرنین۔ لحاظہ اکھ موٗحد، یوسہٕ نہٕ تأرٟخی حقیقت چھےٚ۔

(کلیاتِ مولوی صدیق اللہ حاجنی: مرتب: پروفیسر محی الدین حاجنی: ص:۱۶۔ کلچرل اکیڈیمی)



مُستند تہٕ تہٕ معتبرتہِ ۔تِہنٛدِ ذٔریعہ اتھ سِلسلس منٛز درج کرنہٕ آمُت عبارتھ چھِ یِتھۍ کٔنۍ۔

"شوٗژ شخصیت، روے کُشادٕ، رُت مزاز، گوٚن، زیوٚٹھ تہٕ مأری مُنٛد وأنِکل مس، أچھ پوچھِ تہٕ سیاہ، گوٚب آواز، تھٔز گردن ،تابدار مونہِ پھٔلی، سور مٔلی أچھ، گنہِ گنہِ یومہٕ، کم گوتہٕ پُروقار، دوٚرِ پتٔھ لوٚبہٕ وٗن باسان تہٕ نکھہٕ یتھ خوش گفتار تہٕ خوٗب رو، غأر مُبہم تہٕ مختصر کلامہٕ، گرِتھ ذٔرِتھ کتھ تہٕ الفاظ، درمیانہٕ اماشوٗبہٕ وٗن تہٕ لوٚبہٕ وٗن قد، رفاقتک اکھ سُہ پیکر یس لُکھ ہمیشہِ أنٛدی أنٛدی گتھ کران چھِ، کلامہٕ کرن تہٕ پڑ بتھ کانٛہہ چُھ تعظیمہٕ تہٕ خاموشی سان بوزان، پڑتھ کانٛہہ کتھ وزن دار تہٕ کانٛہہ فضول کلامہٕ نہٕ"

(محسنِ انسأنیت: نعیم صدیقی: لفظی تصویر: ام مُعبد)

یِیٚلہِ أسی مولوی صدیق اللہ حاجنی سٕنز تحریر گرٕمُت شکل وشمایل آنحضرتؐ پران چھِ، واضح چُھ سِہ دان زِ تِمن چھِ ہیٚرِ درج کرنہٕ آمتِن حوالہٕ جاتن پتٔھ پوٚرٕ نظر أسمٕژ۔ کینٛہہ مِثالہٕ:

سُرخ و سفید حضرتؐ سُنٛد رنگ آو
خوشبوٗن دِل نیوٗن یاد تھاو
سرِ مُبارک بجرٕ سان اوس
عقل بٔرِتھ گنج فراوان اوس

لبنہٕ یوان ۔رسول کریمؐ ہنٛدِ حُسن و جمالکہِ حوالہِ یمہٕ شأعرانہٕ باوٕژ سبٹھاہ مقبول تہٕ زبان زدعام چھےٚ تمن اندرٕ چھ مولانا جامیؔ تہٕ سعدیؔ شیٖرازی ہنٛدی یونہٕ کنہِ درج ژُ مصرأے خاص پأٹھۍ قأبلِ ذِکر۔

یا صاحب الجمال و یا سید البشر

من وجهك المنیر لقد نورُ القمر

لایمكن الثناء كما كان حقه

بعد از خدا بزرگ تُوپی قصه مختصر



بلغ العلیٰ بکمالہٖ

کشف الدجیٰ بجمالہٖ

حسنت جمیعُ خصالِہٖ

صلوا علیہ وآلہٖ

رسولِ کریمؐ ہنٛدِس جسمأنی خدوخالس متعلق یم ابتدأیی شہادٕ ژ اسہِ تام واتٕ مژٕ چھےٚ تم چھےٚ تمن روایتن پتٕھ دِرتھ یم تہنٛد بو صحابیو بیان کرِ ۔یمہٕ روایژ پیٚچہِ وارِیہس کالس سینہٕ بہٕ سینہٕ تہٕ أکِس مرحلس پتٕھ انہِ رسول اللہؐ سٕنٛد بو صأحبِ قلم عاشقو ضبطِ تحریرس اندر تہِ ۔امہِ حوالہِ چھُ اُمِ مُعبد سُنٛد بیان کرنہٕ آمُت رسول اللہؐ ہنٛدِس حُلیہ مبارکس متعلق خاکہٕ قأبلِ غور تہٕ وارِیہن سیٖرت نگارن ہنٛز راے چھےٚ زِ یہِ وضاحت دار لفظی تصویر چھےٚ

## زۄن تہٕ افتابہٕ کھوتے یُژ پڑنہر

یِمن شعرن اندر چھےٚ تشبیہ تہٕ استعمال کرنہٕ آمژ تہٕ باقہٕ شاعرانہٕ محاسن تہٕ ۔ یِمہِ ستی یہِ واضح سپدان چھُ زِ مولوی صاب چھِنہٕ صرف روأنی باوتھ کرِتھ حُلیہ مُبارک بیان کرُن وبۄدہان أسمتی بلکہِ چھُکھ یتہٕ ذہنس منز اوسمُت زِ یہِ باوتھ گژھِ پرن والین تہٕ بوزن والین مُتأثر تہٕ کرِنی ، تمہٕ گژھن واقفیت تہٕ پڑاوِنی تہٕ ستی تخلیقی میچھر تہٕ محسوٗس کرِنی ۔ مولوی صابن یمن شعرن ہُنٛد ماخذ چھِ یُژ پأٹھی صحابین ہنٛز روایژ ۔ مثلن

رنگ :۔ نہ چونٛکی پأٹھی سفید ۔۔۔ نہ گیشوم ۔ کنکہٕ رنگ یتھ سفیدی زیادٕ أس ۔ (حضرت انسؓ)

سفید سورخی سان (حضرت علیؓ)

زنتہٕ اوسُکھ بدنس رو پھۄلِتھ (حضرت ابو ہریرہؓ)

سفید چمکدار (ہند بن ابی ہالہ)

چشمانِ مبارک :۔ أچھ سیاہ ، اچھروال زِ آٹھی ۔ (حضرت علیؓ)

منہٕ پھلی سِیاہ ۔ نظر یون کُن ۔ حیادار (ہند بن ابی ہالہؓ)

دہانِ مبارک :۔ فراخ تہٕ کھجرِ سان (جابر بن سمرہؓ)

رژھ کھنٛڈ کھجرِ سان (ہند بن ابی ہالہؓ)

دندانِ مُبارک :۔ بأریک چمکہٕ وِنی ۔ بۄ وٕنتھ کنہٕ کینٛہ دندن منز آسکھ شوٗبہٕ وِنہٕ برِ (حضرت ابنِ عباس)

موے شریف اوس نہٕ ئیژ پیچ دار
ئیژ نہٕ سیٚوڑے تہٕ وُسڑے فِکرِ تار
اوس پھیکین تام گاہ آسان زیوٗٹھ
ڈیشؤنو گاہ کنہٕ نے تام ڈیوٗٹھ

یمن سارنے انہارن ہنٛز شہادت چھےٚ احادیث مبارکن اندر تہٕ
میلان تہٕ صحابین ہنزن رِوایتن اندر تہٕ۔ مولوی صأبن چھہِ رسولِ کریمؐ ہنٛدِ
حُلیہ مُبارکچ باوتھ شعرن اندر کرنس دوران سیٚز، سہل تہٕ فِکرِ ترٕونی زبان
استعمال کرمٕژ تہٕ ستی چھکھ پتہٕ کوشِش کرمٕژ زِ باوتھ شأعرانہٕ تہٕ تخلیقی
انہارتہٕ گژھ نوٗن نیرُن۔ کینٛہہ مِثالہٕ:

زأوجہٕ تہٕ زیٚچھِ بومہٕ زن کمان
زٕٹھی اُچھر وال سیٚدی أسی کان
سُمبلہٕ کھوتہٕ موے بومبن ہُنٛد مہین
وُٹھ زٕ ووزٕلی کرزانکھ عجب نازنین
اوس ہنا جبین پاکس تھزر
نوٗر تمٔیک دوٗرِ یِوان در نظر
چشمہٕ مبارک زٕ بادام زن
سخت سفیدی تہٕ سیأہی تمن
بوٗ نہٕ روخن نوٗن تھزر تے سنبر

موٗن ۔مِثالہِ باپتھ وُچھتو یِمن تریشوٕنی شاعرن ہُند ریشہِ مُبارکس مُتعلق کرنہٕ آمُت اظہارِ خیال یِمیٚک پسِ منظر ہند بن ابی ہالہؓ سٕنزِ یہِ روایت چھےٚ۔

"ریش اوسُکھ زیوٗٹھ تہٕ گوٚن"

ریش مبارک نبیسؐ شوٗبہٕ وُن
اوس ڈُلم بونہٕ بیٚیہٕ زیوٗٹھ گوٚن
وُہ تہِ کمے موے مبارک سفید
معتبرو کوٚر ژودہس تام قسد
(صدیق اللہ)

خوش نُما ریشِ مُبارک شوٗبہٕ وُن اوسُکھ ڈُلوم
نے سمبڑھاہ گوٚن تےنہٕ چندان زیوٗٹھ تی ثابت سپُن
وُہ تہِ کمے حضرتس موے مبارک گے سفید
معتبر رأوی لیکھان ژودہے صحی ثابت سپُن
(وہاب)

گردِ روخ ریش رُت سویدا اوس
مصحت رو تمن محشّا اوس
زیوٗٹھ ژھوٹ بو تمن نہ ریشِ شریف
توٚن تہٕ گوٚن یُوٗ تہِ بونہٕ موے لطیف
(نادِم)

کتھ کرنہٕ وِزِ اوسکھ دندومنز گاہ زن نیران (حضرت انسؓ)

موے شریف:۔ مس اوسکھ رژھ کھنڈ وأنِکل۔ قتادہؓ، نہ زیادٕ سیٖو دنہٕ زیادٕ وأنِکل (حضرت ابوہریرہؓ)

کُنہِ کُنہِ اوسکھ گوش مبارکن تام تہٕ کُنہِ کُنہِ دوش مبارکس تام۔ (ہند بن ابی ہالہؓ)

منزٕ باگ اُسکھ سُم۔ بدنس پیٹھ اوسکھ نہٕ زیادٕ موے

سینہٕ مُبارکہٕ پیٹھٕ تٔ نس تام اُسکھ موئے اکھ زٲوِج تگ (حضرت علیؓ)

ریشِ مُبارک:۔ ریش اوسکھ زیوٹھ تہٕ گوٚن (ہند بن ابی ہالہؓ)

گردنِ مُبارک:۔ گردنِ مُبارکک رنگ اوسکھ زٕنہِ ہٕندی پأٹھی پژون تہٕ خوشنما (ہند بن ابی ہالہؓ)

مجموعی ڈھانچہِ:۔ بدن اوسکھ اۆر تہٕ دوٚر۔ تانن ہٕند بن جوڑن ہنزٕ اُڈی جہِ آسکھ بجہِ تہٕ مضبوط (ہند بن ابی ہالہؓ)

بدن اوسکھ نہٕ موٚٹ (حضرت علیؓ)

شکل وشمایل آنحضرتؐ موضوعس پیٹھ چھِ مولوی صدیق اللہ ہس علاوٕ عبدالاحد نأدِم، وہاب پرے تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ وکأشر بہ شأعرو طبع آزمأیی کٔرمٕژ۔ وہاب تہٕ نأدمہٕ ہٕندبن اتھ موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمتین شعرن صدیق اللہ ہٕندِس شعرِ اظہارس سٕتی تقابل کٔرِتھ چھُ واضع سپدان زِ مولوی صدیق اللہ چھ خاص کٔرِتھ حقأنیت کہِ حوالہٕ زیادٕ مُعتبر تہٕ پہٕنٛد اظہارتہٕ چھُ نُندٕ بون تہٕ منہٕ

خائقن یتھ حصہٕ کوٚر مُت عقل در روزِ اول
اکہِ کم ہتھ حضرتس اکھ عالمس اندر سپُن
یس اَکس عقل و ادب تہٕ خلق بخشے کردگار
آدمس تہٕ عالمس سُے رہنما رہبر سپُن

(وہاب پرے)

ہیوہ تہٕ ہمتا تِمن صفاتن منٛز
اوس نہٕ آسہِ نہٕ جہاتن منٛز
ماوراتِم نو ما سوا فضل
اَسِکھ اوصاف ماورا اکمل
در بصارت تِمن کمال اکثر
اوسمُت تیُتھ چھُنہٕ مجالِ بشر
گٹہِ گاشس تہٕ دوٗر یا نزدیک
ڈیشہِ وُن پوٚٹھ یُتھ تِتھے بأریک
گاہ و بیگاہ نظر نبس ترٛاوٕکھ
کرئو ڈیشیکھ ترٛواہ تہٕ فرموٗکھ

(نادم)



یُہ تامتھ زن شُمایلن ہُند تعلق چُھ امہِ حوالہٕ تہٕ چھِ مولوی صأبنۍ باوتھ قأبلِ توجہ تہٕ تقابل کرِتھ چھِ یِہندِ کلامٕچ خوٗبی واضع پأٹھی بڑونٹھ کُن یِوان زِ مولوی صدیق اللہ سُند اند از چُھ باقے دون شأعرن مقابلہٕ زیادٕ روان تہٕ سہل تہٕ بیٚیہٕ روایتس بالکل نزدیک۔ شُمایلن ہنز باوتھ کرنہٕ وِزِ تہٕ چُھ مولوی صدیق اللہ امی انمانہٕ اظہارٕچ روأنی تہٕ واقاتن ہنز حقأنیت قأیم تہٕ برقرار تھاونٕچ کوٚشِش کران یتھ اند رسہٕ اطمنان بخش حدس تام کامیاب لبنہٕ یِوان چُھ۔ تقابلہٕ کِس تنوظرس منز یم کینہہ مِثالہٕ۔

خُلقِ عظیمس تہندِس بے قصور
طاقتِ اظہار بیان کس چُھ پوٚر
دوٗپ نبینٛ دیُت مے ادب خالقن
رُت ادب و خلق مے کوٚرنم حسن
خلق و ادب پانہٕ تیمس ہا وِ رب
عالم و آدم ہیچھ تس نِش ادب
بخش خداین نبیس عقلِ کُل
تس نِش موحتاج ملک تہٕ رسُل

(مولوی صدیق اللہ)

عقل کُل خلق عظیم تس اوس اول ابتدا
عقل بڈ نعمت عطا تس دادہ داور سپُن

بدل زبانٔی ہنٛدِ لمہِ گاچکہِ کُنہِ شاعرنہٕ تخلیقُک اِستفادٕ کوٚرمُت ۔ امہٕ باوجود تہٕ یوٚ دوے دوشوٚنی شاعرن ہنٛدِ أکی سے تعدادس منٛز تہٕ ترتیٖبس منٛز باوتھ کرنہٕ ستی باس ہیوٚ گنان چھُ زِ یِمو آسہِ کُنہِ نتہِ نُسخُک ترجمہٕ کوٚرمُت یتھ منٛز أتھی مخصوٗص تعدادس تہٕ ترتیٖبس منٛز معجزاتن ہٕنز وٕضاحتے سپٕز مٕژ آسہِ مگر کتھ ہٕنٛدِس تہس سننہٕ پتہٕ چھنہٕ یہِ قیاس آرأیی ذہنس وٕپنٛز لایق باسان ۔ اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ مولوی احمد اللہ ہاکباری (١٨٤٦ء تا ١٩٢٢ء) تہٕ مولوی صدیق اللہ حأجنی (١٨٣٢ء تا ١٩٠٠ء) چھِ ہمکال آسنس ستی ستی أکی علاقکی بسکین تہِ أسی متی ۔ یوٚتی یوت نہٕ بلکہِ چھِ یِم أکی سے خاندانس ستی تعلق تہِ تھاوان أسی متی ۔ قدرتی کتھا چھےٚ زِ یِمن آسہِ ہے اکھ أکی سُنٛد یُن گژھن تہِ اکھ أکِس ستی وُچھن بُہن تہِ ۔ امہِ کِسے نتیجس منٛز چھُ معجزات باوٕنکہِ تعدادُک تہٕ ترتیٖبُک سُہ ہِشر بارسس آمُت یُس یِمن دوٚن کتابن اندر دٕرأینٛٹھی چھُ گژھان ۔ خوش قسمتی کِنی چھےٚ مولوی صأبنٕو کِتابو منٛز یہِ واحد کتاب یتھ پیٹھ سن تصنیف ١٣٠٨ ہجری درج کرنہٕ آمُت چھُ ۔ احمد اللہ صأبن چھُ "اعجاز احمدُک" تأریخ تصنیف یِمن شعرن منٛز وٕنمُت:

غنچہ اُمید مرا پوش پھوٚل
روز قمرُ دُپہرس أس سُل
دٕوپ مےٚ دٕوپ بہٕ کیاہ سناسنہٕ ونہٕ یتھ
ساس ترٛے ہتھ آے بیٚیہ اکھ تہٕ ستھ

١٣٠٨ء

# معجزات النبیؐ

## (مولوی صدیق اللہ سُنٛد اکھ اہم کارنامہٕ)

معجزٕ چھِ تِتھ پأٹھؠ غیر لٕنہٕ کارناماس وَنان یتھ ڈیشتھ عام انسأنی عقل عاجز چھےٚ سپدان۔ رسولِ رحمتؐ چھِ پننہِ بابرکت زندگی منٛز وارِیاہ معجزٕ ہأوی مٕتی یِمن ہُنٛد تذکرٕ حدیثن تہٕ روایتن اند رسپُد مُت چھُ۔ یِمن معجزاتن شعرٕ وردن ولنُک شوق چھُ پرٛژھِ والین شأعرن وِزِ وِزِ ووتلان روٗدمُت تہٕ یتھٕ پأٹھؠ چھِ وارِیاہن زبانن ہِنٛزِ شأعری منٛز معجزاتِ رسولؐ باوَنہٕ آمٕتی۔ کأشرِس شعرٕ سرمایس منٛز چھِ اتھ موضوعس پیٹھ ترٛیٚیو شأعرو شعر وٕنی مٕتی۔ یِم چھِ پیر حسن شاہ کھویہأمی، مولوی احمد اللہ ہاکباری تہٕ مولوی صدیق اللہ حاجنی۔ پیر حسن شاہ کھویہأمی ین چھِ ''اعجازِ غریبہ'' ناوچہِ پننہِ کتابہِ اندر ۹۶ معجزٕ درج کٔری مٕتی۔ ییٚلہِ زَن احمد اللہ ہاکبأری تہٕ مولوی صدیق اللہ صأبن ژٕ وِیہِ ترٛہن معجزن ہنٛز باوتھ چھےٚ کٔرمٕژ۔ پیر حسن شاہ کھویہأمی سنٛزِ کتابہِ ہُنٛد وجہ تصنیف پٔرتھ چھُ صاف پأٹھؠ نَنان زِ یہِ کتاب چھےٚ تِمن پننٕی تخلیق نہ زِ کُنہِ فارسی یا بدل زبأنی ہُنٛد ترجمہٕ۔ مولوی صدیق اللہ تہٕ مولوی احمد اللہ ہاکباری ین تہِ چھنہٕ پننہٕ تِمن کتابن منٛز کُنی جایہِ یہِ ژھینہٕ ونِ دِژمٕژ زِ معجزات بیان کرنہٕ وِزِ کیاہ چھُ تِموٚ کُنہِ

چھُ پننہِ حسابہٕ بجا مگر شاعرانہٕ خوبین ہنٛز کمی سببہٕ چھُنہٕ اتھ منٛز تٕرِتھ گوٗھنُک تأثیر تہٕ خاص پأٹھۍ بے پٔرِھ لُکن پٔرِھ گژھ راونٛک جودوو تلتھ ہیوٚ کُمت۔ امیُک بنیأدی وجہ چھُ زِ اتھ منٛز چھُ لفظن ہُنٛد شوز رتہٕ کم تہٕ اظہارٕچ روأنی تہٕ۔ کینٛہہ لفظ چھِ سٕرٛ ونٛتہٕ کوٗٹی تِتھ کٔنی ورتاونہٕ آمتۍ یم زبأنی ہٕنٛدِس مزازس بلکُل مخألف چھِ۔ مثالہِ خأطرٕ وُچھو کھ یونہٕ کنہِ درج شعر۔

دوٗپ اُنس بو طلحن گژھ ژلار
شاہ رسُل یوٚرِ اُنن غیر یار
گے بہ حدیبیہ یٚیلے مُصطفیٰؐ
فوج سپُن تشنہٕ کھوٚتکھ بوٚڈ تفا
کھُزٕر پٔی آسن اِدٕ ایمان اوٗن
موٚنگ نبینٛ دزاو گُلاہ تھوٚد تہٕ گوٗن

گوڈِنکین دوٗن شعرن منٛز چھِ ’’غیر یار‘‘ تہٕ ’’تفا‘‘ لفظ شأعرٕ سٕنٛزِ قأفیہٕ رلاونٕچ مجبوری ہُنٛد باس دِوان یٚیلہِ زن ترٛیمہٕ شعرٕکس گوڈِنکس مصرعس منٛز ورتاونہٕ آمُت ’’اوٗن‘‘ لفظ گرامرٕچ اکھ بٔڈ بارٕ غلطی چھےٚ۔

مولوی احمد اللہ ہاکبأری تہٕ حسن شاہ کھوٗیہأمی ہٕنٛدِس کلامس منٛز تہٕ چھِ امہِ گاچکی کینٛہہ ڈیٚکھر دزِ اپٹھی گژھان مگر نسبتاً چھِ تِم واریاہ کم۔ خاص کٔرِتھ چھُ حسن شاہ کھوٗیہأمی سُنٛد اندازِ بیان واریاہس حدس تام روان تہٕ لفظن ہُنٛد تلہٕ ترٛاوتہٕ چھُ اکثر جاین رُت لبنہٕ یوان۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ پیش۔

احمد اللہ ہنٛہ مولوی صدیق اللہ ہس پتہٕ اکہِ ؤہرِ معجزاتن پیٹھ قلم تُلنُک مطلبے چُھ زِ تمو چھےٚ پننِس پیشروس نِش یہِ رٕژ کأم کرنٕچ تحریک لٔب ہمٕژ۔ بہرحال اتھ موضوعس پیٹھ کأشرِ زبأنی ہندٮ۪ن ہمکال شأعرن ہنٛدِ باوتھ تہٕ ورتاؤک سارِوے کھوتہٕ دلچسپ نوقطہٕ چُھ یِہنٛدِ علمی بترِیک تہٕ تخلیقی صلأحیتن ہُنٛد تقابلی مُطالعہٕ۔ اتھ سِلسلس منٛز پزِ اسہِ یہِ کتھ یاد تھاوٕنی زِ امہِ قسمٕہ کِبن شعری تخلیقن ہنٛز مؤلہٕ اُنکہٕ ون کرنہٕ وِزِ چُھ عام شأعری برعکس کیٛژٕن بُنیأدی کتھن ہُنٛد خیال تھاوُن پیوان۔ تہِ زن گوٚیہٕ شأعری منٛز چُھ سارِوے کھوتہٕ نوزُک تہٕ اہم چیز موضوع مانہٕ یِوان۔ یِم چھِ اعتقادٕکی تِم أولی تہٕ زأولِی نوقطہٕ یِمن پننٛی الگ توأرٖیخی اہمیت چھےٚ۔ یہِ اہمیت بدٕ کڈنہٕ وِزِ چُھ شأعرس مذہبی تأریخ دانہٕ سنٛدی پأٹھی شمشیر دارِ پیٹھی پکُن پیوان۔ سُہ گژھِ تی لیکھُن یہِ بنیومُت چُھ تہِ اتھ منٛز گژھِ نہٕ تٔسنٛدِ وونٛدٕ وِزنہِ ہنٛز مِلہٕ ون سپدٕنی۔ اتھ کھوچہِ پیٹھ کھأرتھ یِیلہِ أسی یِمن ترٛین شأعرن ہنٛزٕ کِتابہٕ وُچھوکھ، مولوی صدیق اللہ چُھ مولوی حسن شاہ تہٕ مولوی احمد اللہ ہاکیأرِ لیس مقابلہٕ زیادٕ ثِقہٕ تہٕ صحی باسان۔ تِمی چھِ معجزات بلکُل تمی آیہٕ باوِی ہمٕتی یِتھٕ پأٹھی یِم تأریخ اسلام تہٕ حدیثن منٛز آمٕتی چھِ۔ حسن شاہ تہٕ احمد اللہ تہِ چھِنہٕ واقعاتن پھِر تُھر کران مگر تِمن نِش چھےٚ شأعری زأوِی جارن زیادٕ اہمیت تہٕ واقعاتن ہنٛدِس اصلیتس چھِ یِم دؤیِم درجہِ دِوان۔

مولوی صدیق اللہ سُنٛد حقأیِق صحی اندازس منٛز باوٕنک وأعظانہٕ طرِیقہٕ

رُکانہ، پہلوان اوس مغرور
چور ستم در شجاعت بوسہ مشہور

(حسن شاہ)

حسن شاہ کھویہامی ہندِس کلامس منز چُھ البتہٕ اکھ عأب زِ اتھ منز چھِ فارسی لفظ یسلہٕ پأٹھی ورتاونہٕ آمتی۔ اعجازِ غریبہٕ ہکی واریاہ شعر چھِ تتھی کرتہٕ یمن منز اکھا کھ زٕ ے زٕ ے لفظ کأشری لبنہٕ یوان چھِ۔ مثالہِ باپتھ چھِ یم کینٛہہ شعر پیش:

بروز ہجرتِ آنحضرت بصد جاہ
مےٚ نِش ووت از کمالِ لطفِ ناگاہ



خدا وندا بغیرش کرتہٕ تسنیم
بخوشبوی صلوٰۃ و عطر تسلیم



تھِو کھ تم بعد ازان دردستِ فاروق
پٕرکھ تسبیح وتحمید از سرِ شوق

"اعجاز احمد تہٕ معجزات رسول" ناوچن کتابن منز چُھ اتھ برعکس واریاہ ھس حدس تام شوٗ دتہٕ عام کأشُر استعمال کرنہٕ آمُت۔ یہٕ طرزِ اظہار وُچھِتھ چُھ یمہٕ کتھِ ہُند پوٗرٕ پأٹھی تصدیق سپدان زِ مولوی احمد اللہ تہٕ مولوی صدیق اللہ چھِ

مُبارک از چھےٚ بزمِ اِفتخاری
مُبارک از چھےٚ عیدِ رستگاری
بہتِکی لۆکھ بہر شادیانہ
کرن چھی از ترنم خوش ترانہ
سِتارو آسمانس کوٚر چراغاں
مہ و خورشید مشعل ہتھ چھِ پژاران

یمن شعرن منٛز چھُ استعارن ہُنٛد استعمال تیتھ کٔنۍ سپُد مُت زِ تیتھس لفظہٕ ورتاوس پیٚیہِ بہر حال موزوٗن شعرٕ زبانے وَنٛنۍ۔ مولوی صدیق اللہ تہٕ احمد اللہ صابنس کلامس منٛز چھےٚ پٔژ شعرٕ مِثالہٕ واریاہ کم تہٕ البتہٕ چھُ تشبیہن ہُنٛد کم کاسہٕ استعمال یِمو دوٚیو شاعرو تہٕ کوٚر مُت مگر اتھ معاملس منٛز تہٕ چھِنہٕ یم حسن شاہ نس پایس واتان ہیکِتھ۔ مِثالہِ خاطرٕ وُچھتو یِمہٕ کنہٕ درج شعر۔

دۆپ نبین گوٚڈ پیٚیہِ پھیرِتھ بجاے
گے تٔرِتھ زن بطخا تیز پاے
(مولوی صدیق اللہ)

آب دہو اوٚنگجہٕ ٹینٛڈ بو تس ہربو
جوٚیہِ ہٕنٛدی پاٹھی صحابو تہٕ چو
(مولوی صدیق اللہ)

پأرِ پتہٕ تہٕ روزِ ہۆ یِیمہٕ تلہٕ صاف نَنان چُھ زِ یِمن شأعرن ہنٛدٕ بن اصلی مسودن منٛز آسہٕ ہن زیادٕ غلطی ۔ اِختصار ورتاوٕنٕکس معاملس منٛز تہٕ چھِنہٕ یِم دوشوے شأعر تیٖتی مأہِر یوٗت حسن شاہ چُھ ۔ چھیکرس کرٕ بہٕ یوٗتے وَنتھ موخصر زِ تقابلی مُطالعس دوران ہیٚکن بیٚیہٕ تہٕ وارِیاہ پہلووٕ بوٚھناونہٕ یِتھ ۔ مےٚ یہٕ کیٚنژھاوون یہٕ چھےٚ محض اکھ ژٕینہٕ ون یادٕ سلابہٕ ۔ مزید کأم چھےٚ کُہنہ مشق تہٕ ناماوار نقادن ہنٛز ۔

☆☆

دۄپنِ اسلام شعرن ہندِس قالبس وٕلِتھ عام تہٕ ان پرٕلکن تام واتناوُن یژھان اُسۍ ہتۍ ۔

اوس بہتھ پاک رسولِ خُداؐ
"ننبٕژھ" عرٕبکۍ جمع بزیرِ حرا
(احمداللہ ہاکباُری)

کھانکھرٕ ہیٚرتھ بُتھِس پٮ۪ٹھ پٮ۪ٮ۪س
غم زدہ گوشکِل سبٹھاہ یچھ گیس
(صدیق اللہ حاجنی)

عروضہٕ کہِ اعتبارٕ چھُ حسن شُہُن کلامہٕ چُست تہٕ پوٚختہٕ ۔ییٚلہِ زن احمد اللہ تہٕ مولوی صدیق اللہٕ سنٛدۍ وارِیاہ شعر گھنٛڈۍ پھٹٕ لبنہٕ یِوان چھِ ۔

ییتھ ییٚلہِ سپنن وتہٕ ونن ایں قصہٕ
زُوٚنہِ فلانی شبہٕ گے زٕے حصہٕ
(احمداللہ)

داہ کولہٕ جاٗری گیہِ آبِ طہور
سیر پنٛداہ شتھ لُکھ گیہِ بے قصوٗر
(مولوی صدیق اللہ)

یوٚژھ کیٛنہہ لوکچِہ لوکچِہ غلطی چھےٚ ییمن کتابن انٛد رٕ محمد احسن احسن صاٗب تہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی صاٗب ہوٚبن عُروضیاتک علم زانن والین ہنٛزٕ شیٖرٕ

تصنیف شعرن اندر درج۔ ترجمہٕ کرنہٕ آمٕژ "ردِ وہابیت" ناوچہٕ اتھ کتابہٕ اندر چھِ کُل اکھ ساس پانژٕہ ہتھ تہٕ شتۆہ شعر واریہن شعرن ہُند لہجہٕ چھُ تُنٛد تاہم چھ ابتدا اسبٹھاہ نیزمی سان تہٕ لطیف اند ازس منٛز کرنہٕ آمٕژ۔

حمد بے حد خُدائے پاکس کُن
ییمۍ اسی ناو خیر اُمت وۆن
اہلِ سُنت کرِن تہٕ اہلِ سدا د
انبیاؑ تہٕ ولی پے ارشاد

امہِ پتہٕ چھُ نعت، احمد مُجتبیٰ محمد رسول ﷺ کتابہٕ اندر درج۔

بے حد و بعد بوینِ سلامو درود
بہ محمد، نبی، حبیب و دود
خاتمِ انبیاؑ و خاتمِ رُسُل



اصلی نفسِ مضمون چھُ سبٹھٕ ہے دلچسپ تہٕ داستانوی سٹایلس منٛز شروع کرنہٕ آمٕژ۔

روز آہستہٕ کر مہ بے تأبی
بسند بوز ردِ وہأبی
چھنہٕ خوأہش مے شأعری ہاوٕنۍ
بحث لاگن سخن ژٕری باوٕنۍ

# صدیق اللہ سنٛز وُتشاول تصنیف ردِ وہابیت

یہِ کتھ چھےٚ بالکل واضح زِ مولوی صدیق اللہ اوس کاشرِ بن مُسلمانن ہٕنٛدِس تتھ اکثریتی طبقس سٟتۍ وابستہٕ یتھ عرفِ عامس منٛز خوش اعتقادٕک دۄر ونان چھِ ۔ یعنی تِم مسلمان یِمن اولیاء کرامن پیٹھ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ پزٕھ چھےٚ ۔ یِم استانن تہٕ مقبرن پیٹھ گٕژھتھ زاروعاجزی کران چھِ ، حاجت روٲیی باپتھ دشہِ گنٛڈان چھِ ، ختم پران چھِ تہٕ نیازٕ نذرانہٕ بیترِ ترٛاوان چھِ ۔ یِم عقیدت منٛد چھِ خُدا لیہٕ سٕنٛدِ بن ٹاٹھین وسائلٕ درزانان تہٕ چھِکھ سبٹھاہ تعظیم رچھان ۔

مولوی صدیق اللہ چھُ اکھ دینی تہٕ تبلیغی شاعر تہٕ اَمی سٕنٛز سارے کتابہٕ چھےٚ دینِ اسلامکین وکھٕرِ وکھٕرِ پہلون پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یۄ تامتھ زن زیرِ تبصرٕ کتابہِ ہُنٛد تعلق چھُ ، یہِ شیخ احمد سٕنٛزِ ’’النجوم الشہابیہ‘‘ ناوچہِ فارسی کتابہِ ہُنٛد کاشُر ترجمہٕ ۔ یہِ کتاب گٲر شیخ احمد ناوٕ سرینگر شہرس سٟتۍ تعلق تھاون وٲلۍ أکۍ بڈٕ دینی عالمن ۱۳۰۳ھ یس انٛدر فارسی یس انٛدر قلمبند تہٕ مولوی صدیق اللہ حاجنی ین کوٚر ستتھ بابن پیٹھ مُشتمل کتابہِ ۱۳۲۴ھ یس انٛدر کاشُر ترجمہٕ ۔ ترجمہٕ کرنس دوران کوٚر مولوی صابن زمانٕچ مُروجہِ ترٛاے تہٕ پننین باقٕے کتابن ہُنٛد اصوٗل برقرار تھاوِتھ گوڈٕ کتابہِ انٛدر حمد ، نعتِ نبیؐ ، مناقبِ آلِ رسولؐ تہٕ کتابہِ ہُنٛد وجہ

# عبد الوہاب نجدین ہُند پیر
# مُنکرِ اولیاء یاس ضمیر

مولوی صدیق ہنزٕ یہِ کتاب یتھے منظرِ عامس پیٹھ آیہِ مسلمانن ہنٛدِس تتھ طبقس یتھ عرفِ عامس منز اہل حدیث ونان چھِ بنیہِ نہٕ صرف بحثُک موضوع بلکہِ تنقیدُک نِشانہٕ تہِ۔ چنانچہ آیہِ ۱۹۶۷ ءیس اَندر رالہ طب اطلبی فی ردِ ہفواتِ حاجنی یمیُک تذکرٕ کتابن اَندر ژھوٚڈی پأٹھی ہفوات حاجنی ناوٕ کرنہٕ آمُت چھُ منظرِ عامس پیٹھ۔ اکھ ساس پانٛژھ ہتھ تہٕ ژہن شعرن پیٹھ مشتمل یہِ کتاب تہِ چھےٚ تقریبن تیتھے پأٹھی حمد و نعت ستیٚ شروع کرنہٕ آمٕژ یتھ پأٹھی مولوی صدیق اللہ ہنزٕ ''ردِ وہابیت'' کتابہِ ہُند ژسلابہ کرنہٕ آمُت چھُ۔ صاحبِ تصنیف چھُ کتابہِ ہنٛدِس ابتداہس منز شعرن اَندر امیک وجہ تصنیف بیان کران یُس غلام حسن تسکینٕ یتھٕ کنہٕ نثرس منز پھیرمُت چھُ ''اکہِ دوہہ اوٚسُس بہٕ شہرٕ کینٛژن دوستن نِش۔ تمو ہاوُمےٚ مولوی صدیق اللہ ہنزٕ ''ردِ وہابیت''۔ اگرچہ یہِ مےٚ بڑونہہ تہِ وُچھمُت اوٚس مگر یمو دوستو کوٚرُس بہٕ مجبوٗر زِ امہِ ستیٚ چھُ دینس نوقصان واتان۔ لہاذا گژھہِ فوراً امیک رد لکھنہٕ یُن۔ چنانچہِ یہندس اسرارس پیٹھ لیوٚکھ مےٚ امیک جواب''

(وولرٕ کی ملر۔ صدیق اللہ نمبر۔ ناشر حلقہ ادب سونہ واری۔ حصہ ۳۲)

ہفات حاجنی لکھن وول عالِم چھُ مولوی عبدالغنی یم جان پایکی عالِم ووٚن اُسی۔ تمو چھُ سارِوے گوڈٕ مولوی صدیق اللہ ہنزٕ ردِ وہابیت بأوز

امہِ پتہٕ چُھ مولوی صدیق اللہ حاجنی ین وہأبی عقیدٕکس بأنی عبد الوہاب سُنٛد خاندأنی پس منظر تہٕ زیُن پرٛ تھن شعرن اندر بیان کران ۔امہِ حوالہٕ چھےٚ مؤلہٕ شاعرن تہِ تہٕ بیٚیہٕ ترجمہٕ کارن تہِ عبدالوہاب پننہِ وقتکس تأریخی تنوظرس منز پیش کٔری مٕتۍ ۔تاہم چُھنہٕ یہِ منظر نامہٕ خوشیوٗن بلکہِ واریہس حدس تام منفی۔عبدالوہابس مُتعلق اختیار کرنہٕ آمُت طریقہٕ کلام چُھ ترٛ کجارٕ سان تہٕ تہنز شخصیت چھےٚ ہنا گُھری دار اند ازس منز پیش کرنہٕ آمٕژ ۔

ابنِ عمر ونان چھی یی کلام
حضرتن کوٚر دُعا سہٕ بار تمام
یا اِلٰہی ژٕ کر تہٕ از رحمت
اسہِ در شام و در یمن برکت
عرض کوٚرکھ برائے نجد دُعا
تا سہٕ بار سہٕ عرض گو نہٕ روا
تورِ فورموکھ چُھ تتھ جاے
زلزلن ہُنٛد تہٕ فِتنہٕ کُے ماے
قرنِ شیطان زنجد نیرن ئُٹ
عربو قرنہِ شاخ وہنکس وۄن
زلزلہ دِل زِ اعتقاد ڈلُن
دوٗر از راستی ژلُن تہٕ ہلُن

کُلس پٹھ چھےٚ مصنوی طوریمن دون کتابن اندر ریتھ موضوعس پٹھ گرم گُفتاٲری سپدان زِ اولیاء اللہ تہٕ خُدا دوس ہیکہِ ناٲ کُس اِنسانہٕ سندی یاور تہٕ مدد گار ٲسِتھ کِنہٕ یہٕ چھےٚ محض کیٛنژن لُکن ہنز خوش فہمی تہٕ اسلامس اندر چُھنہٕ اتھ کانٛہہ جواز۔ دوشوے مولوی صاًب چھِ ٲتھی بخشس پنہٕ پنہٕ آیہٕ لل کھوٚل کران۔ کیٛنٛہہ مثالہٕ:

گاہ چھ بے واسطہٕ کران حق شُمار
واسطِ گاہ کران کارس بارس
مُنکر واسطہٕ چھ مُنکر حق
زانہٕ وُن اصل واسطس احمق
پر ژٕ فاسطعما کلامِ رب
خضر زِ موسیٰ کران طعام طلب

یا

وابتغو در قرآن حقن فرموو
تٔمی اسی پیٹھ وسیلہٕ ژھانڈُن تھوو
(مولوی صدیق اللہ)

آسہِ زندس اندر نِشہِ یہٕ در اِمکان
سُہ مدد تس روا منگُن تی مان
پانہٕ وٲنی مدد کرُن باین

کتابہِ پیٹھ یہِ اعتراض تُلمُت زِ اتھ اندر بیان کرنہٕ آمتۍ واقعات چھِ تواُریخی طور غلط۔ تِموچھُ سارِوے گوڈٕ ردِ وہابیتس منٛز درج نجد لفظس کانٛہہ علاقہٕ معنی کڈِن غلط قرار دِیُتمُت تہٕ لیوکھمُت چھکھ زِ نجد گیہِ سو جاے یُس تھزرس پیٹھ واقع آسہِ۔

نجد تم تم زمین سأری آے
چھےٚ بلندی یمن اندر تھوٚد آے
لیک یتھ جایہِ نجد یُس چھُ مُراد
سُہ عراقُک نجد تی کر یاد

مولوی صدیق اللّٰہ ہن چھُ ردِ وہابیتس منٛز لیوکھمُت زِ محمد بن عبدل وہاب سُند نیٚچُو اوس مسعود یُس نیک خصلت اوس نہٕ بلکہِ اوس غلط کامہِ کُن لگِتھ تہٕ بیٚیہِ اوس خون ریزی کران۔

نیچوا اکھ تِمِس مسعود بہ نام
بوسہٕ خونریز و تیز سوئے حرام

یتہٕ چھُ مولوی عبدالغنی سندی تِمنٛز غلط دعواتہٕ تم چھِ اتھ یتھٕ تِمنٛز رد کران۔

اکھ محمد چھُ ابنِ عبدل وہاب
بیٚاکھ ابنِ مسعود فیض ماب
دوٚنوٕنی خانہٕ واد چھِکھ بیٚون بیٚون
سُہ تمیمی یہٕ از ربیعہ چھُ نوٚن

مقبرہ خاص عبرتُک چھُ مقام
تتہِ ھورون کران دُعا و سلام
گوڈہِ زائِر تۄتھ چھےٚ بہتر کتھ
منگہِ یا رب ژٕ مغفرت کر پۆر
بس چھُ مقصد زیارتس منز یی
ۂکِ اتھ پٮ۪ٹھ حدیث شاہد چھی
قبرِ واٲلِس منگن یہِ ژٕ گو بیۆن
یُتھ خیاٲلی پولاو یے چھی کھیۆن

نفسِ مضمونٕک تفاوت تہٕ تضاد چھِ یِمن دوشوٕنی کتابن ہٕنٛدِ موضوعی تقاضہٕ۔ چونکہِ دوشوے اٲسی بڈٕی عاٲلم اِوٕنی چھُ یِمو دوشوِیو باوتھ کرنہٕ وِزِ احتیاط ورتوومُت۔ یۆ دوے تیزی تہٕ تکرار منزی منزی لبنہٕ یِوان تہٕ چھُ، مگر یۄتاہ یہِ موضوع کہِ تقاضہٕ مُطاٲبق ٲسن تہٕ تیشل اٲستھ ہیکہِ ہے تیۆت چھُنہٕ۔ دوشوٕنی کِتابن ہٕنٛدی شعر چھِ عاٲمیانہٕ قسمکی تخلیقی طور چھنہٕ یہِ شاعری تِژھ یوسہٕ اعلیٰ معیار چھِ کھوچھِ کھالنہٕ یِیہِ۔ دوشوٕنی ہُنٛد کلام چھُ فارسی تہٕ عربی آمیز۔ اتھ چھِ ژٕ وجہ اکھ یہِ زِ یِمن دوشوٕنی اٲس قرآن و حدیثن پٮ۪ٹھ نظر تہٕ عربی تہٕ فارسی اُسی زانان۔ بیاکھ وجہ چھُ یہِ زِ اتھ زمانس اندر راوس فارسی ورتاوُن رِواج تہٕ امہِ دورُک کانٛہہ کاشُر شاعر چھُنہٕ تیُتھ یُس نہٕ ہِنٛدِس کلامس پٮ۪ٹھ فارسی ہُنٛد اثر چھُنہٕ۔

فیصلہٕ آسہِ یا کرُن نیاین
دود تراوُن اناج پھل کھارُن
کانٛسہِ اولاد دِیُن تہٕ کانٛسہِ مارُن
کانٛسہِ زِندس چھنہٕ اچھ قُدرت
ونتہٕ ووٕنۍ کیاہ چھُ موٚمتیٚن ہنٛز کتھ

(مولوی عبدالغنی)

مولوی صدیق اللّٰہ اوس چونکہِ بہلہِ پایہِ عالمہِ دٕہِن تہٕ قرآن وحدیثس پیٹھ اٲسکھ سرٕ نۍ تہٕ گنٛی نظراوِ رکنۍ چھےٚ تمو پنٕنین دعواہن ہنٛز دٔلیل قرآن و حدیث منٛز ژھانڈنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ یمٕلہٕ زن مولوی عبدالغنی تہِ جواب درج کرنہٕ وِزِ حاشیس پیٹھ قرآن تہٕ حدیث درج کران۔ بلکہِ چھِ اکثر جاین ردِ وہابیتس منٛز درج کرنہٕ آمتین حدیثن ہنٛدِس صحتس پیٹھ اعتراض تہِ کران۔

چھُ غزٲلی ونان اِستمداد
لیس نِشے در حیات آسہِ مُراد
سُہ مرِتھ تس نِشے تٕہ ژھانڈ مدد
اتھ کتھے وٲژ تا حدیث سند
امہِ رکس ردِ عملس منٛز چھِ عبدالغنی فرماوان۔

چھُ طریق زیارت مسنون
بوز رکتھٕ رکتھِ گنٛی مُناسِب وموزون

# مولوی صدیق اللہ سٕنٛز مُتفرقہٕ کاٗشُر کتابہٕ

وُنیکتام گراسہِ صدیق اللہ سٕنزن شکل وشمایل آنحضرتؐ، مغازی النبیؐ، سکندرنامہٕ تہٕ ردِوہابیت ناوٕ کتابن پیٹھ ہنا تفصیلہٕ سان کتھ۔ مولوی صابنن اتھِ آمژن تصنیفن منٛز رچھے بیٚیہٕ زٕ کتابہٕ اہم۔ یم کتابہٕ چھے تحفہ رسولیہ تہٕ بدایع منظوم۔ تحفہ رسولیہ تصنیف چھے معجزاتِ رسولؐ ناوٕ تہٕ منظرِ عامس پیٹھ آمٕژ۔ اتھ کتابہِ منٛز رچھ رسولِ کریم صلی اللہ علیہِ وسلمن ہنٛدین معجزاتن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ باسان چھ زِ یہِ کتاب چھے طبع زادنہ زِ ترجمہٕ۔ تکیازِ مولوی صابن چھ أکِس جایہِ واضح پأٹھی بیان کوٚرمُت زِ۔

بارِ دِگر کوٚر مے دِلس اِلتماس
معجزہ کینٛہہ ذِکر کر تہٕ فِکر کاس

یہِ کتاب چھے مولوی صابن ١٣٠٧ھ منٛز مکمل کٔرمٕژ تہٕ امہِ کتابہِ ہُنٛد یُس قلمی نُسخہٕ محی الدین حاجنی یس دستیاب سپُد مُت اوس سُہ چھ مولوی صابنہِ ہتھہِ دُنیا گژھنہٕ پتہٕ صرف اکھ وُری گژھتھ لیکھنہٕ آمُت۔

معجزاتِ رسولؐ چھے یتھے کٔنی دینِ اسلامکہِ ترویج تہٕ تبلیغ کہِ نیتہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یتھے کٔنی صاحب کتاب سٕنٛزٕ باقی کتابہٕ تہٕ امی مِشنکہِ تکمیل چہٕ ترجمان

مولوی عبدالغنی ہِنٛز ہفاتِ حاجنی ناوٕ کتابہِ ہُنٛد مُطالہٕ کرنہٕ پتہٕ چھِ اکھٕ زٕ فی اکھ یہِ زِ تِمو یِمہِ ردِوہابیت ناوٕ کتابہِ ہُنٛد جواب لیوکھمُت چھُ سو چھےٚ شیخ غلام احمدٕ ہِنٛز فارسی لیس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ کتاب مگر مُصنفن چھُ پننی کتاب تحریر کرنہٕ وِزِ مولوی صدیق اللہ ہدفِ تنقید بنوومُت یِہنٛز حیثیت محض ترجمہٕ کارٕ ہِنٛز چھےٚ۔ بیاکھ اکھ اہم کتھ یتھ کُن ہفاتِ حاجنی پرِتھ ظون گژھان چھُ یہِ زِ شاعرن چھُ مولوی صدیق اللہ تنقیدُک نِشانہٕ بناوِنس دوران یہِ مُشرووومُت زِ ردِوہابیتس اندر درج کرنہٕ آمتِن دعوہن ہٕنز چھےٚ قرآنی آیات تہٕ حدیثِ شریف بطورِ دلیل پیش کرنہٕ آمژ تہٕ کُنہِ امہِ قسمکہِ مذہبی معاملکُ جواب دِنہٕ وِزِ آسہِ ہے یی بہتر روٗدمُت اگر فاضِل مصنفن تِمنےٕ قرآنی آیاتن، حدیثن روایتن ہنٛدِ حقانیتہٕ یا اتھ برعکس کتھ کرمٕژ آسہِ ہے۔



کھانکھرس اندر سوٲزِکھ گیہِ بجا
بڑ وٕہمہِ کھوتہٕ تیز نظر خوشنما
بارِ دِگر عرض کوٗرُن یا رسولؐ
گوٗژھ مےٚ جنت نتہٕ بہٕ چھُس دِل ملول
کوٗرُسہ دُعا پادشاہن شاد گو
ملک تسُند جنتِ آباد گو

بدایع منظوم چھےٚ مولوی صاٮ۪نٕز بیاکھ تصنیف۔ یہِ چھُ رضا علی سٕندِ فارسیس منٛز لیکھنہٕ آمتہِ بدایع مضمونک کاشُر ترجمہٕ یُس مولوی صاٮ۪بن شعرٕ شعرٕ کاشرس منٛز پھیرُمُت چھُ۔ تاہم چھُ تموکُنہِ کُنہِ جایہِ دون دون فارسی شعرن ہُنٛد نفسِ مضمون اکیسے شعرس منٛز وپر وومُت۔ یتھہٕ پاٹھۍ چھُ یمو رضا علی سٕندین ۳۲۰ شعرن ہُنٛد ترجمہٕ کاشرِس منٛز صرف ۲۵۸ ہن شعرن منٛز کوٗرمُت۔ مولوی صاٮ۪بُن ترجمہٕ چھُ قابلِ غور تہٕ یہِ ترجمہٕ چھُ یمو تمہِ انداز کوٗرمُت یُس یکدم زبوٚ پیٹھ کھسِتھ یادروزان چھُ۔ امیک انداز ہیکہِ پرٛتھ کانٛہہ پرن وول بوٗنہٕ کنہِ درج مثالو ستۍ کرِتھ۔

شستن روے زموے پیشانی
فرض در طول تا زنخ دانی
عرض ما بین ہر دو نر مو گوش
زو ہمینست پیشِ صاحبِ ہوش

چھُ۔ اتھ کتابہِ اندر چھِ شاعرن ۳۴ معجزات شعرن منز بیان کری متۍ۔ یہِ کتاب چھےٚ تِتھےٚ کنۍ قرآنی تہٕ تواریخی حوالن پیٹھ مبنی یتھ کنۍ مولوی صابنہِ باقی کتابہِ چھےٚ۔ تی چھُ بیان کرنہٕ آمُت یتھ قرآن حدیث تہٕ سیرتِ نبویؐ تصدیق کران چھےٚ۔ مولوی صابن چھِ یم معجزات سہل تہٕ رواں زبانۍ اندر قلمبند کری متۍ۔ اکھ مثال چھےٚ یتھ کنۍ۔

آو قبادس تہٕ بجنگِ اُحد
تیر اکس اچھ تہٕ سپُد دادی لد
کھانکھرہ نیرِتھ تہٕ بتھِس پیٹھ پییس
غم زدٕ گو شکل سبٹھاہ پچھ گیس
گو نبیسؐ نِش تہٕ دوٗپُس حضرتن
صبر کرکھ یوٗد تہٕ جنت چھُے وطن
تورٕ دوٗپُن جنتہٕ کُے چھُم خیال
چھُم مےٚ زنانہٕ لوکٕٹے با جمال
یوٗد وُچھِ یتھ شکل مےٚ نفرتھ گوھبس
دوٗر زِ دلِ مہر و محبت گوھبس
اچھ نبینؐ تَجِ تہٕ بہ دستِ شریف
موٗتھکھ تتھ اچھ آب لعابِ لطیف

گرچہ بر اخذِ آں بود فتویٰ
ہست شینِ عظیم در تقویٰ
ہرچہ خواہی بخواہ ازاں معطی
اوست لا مانع لما یعطی
ہیچگہ از کسے سوال مکُن
خویش را زارو پایمال مکُن

کاشرِ علاوٕ چھِ مولوی صاب فارسی ییس منز تہٕ لیکھان اٰسی ہتی ۔ یمنز یمہٕ فارسی تصنیفہٕ تذکرس منز یِوان چھےٚ تِمن اندر چھے الفرایض المنظومہ، انہارِ عربعہ تہٕ العقاید شامل ۔

الفریض المنظومہ چھُ عربی زبانٕی منز تحریر سپدی متہٕ رسالہ السراجی یُک فارسی ترجمہٕ یُس مولوی صابن شعرن منز کوٚرمُت چھُ ۔ ٦٥٨ ہن شعرن پیٹھ مُشتمل اتھ کتابہٕ اندر چھُ وراثتی حِصہٕ باگیہٕ مُتعلق شرعی احکامن ہُنٛد ذِکر میلان ۔ یِہ کتاب آیہٕ تِمن مولوی ین تہٕ مُفتی صابن سبٹھاہ بکاریم ہاہ باگیہٕ ہِنٛدِ حوالہٕ تِمن لگن فتویٰ دِوان اٰسی یم تِمن نِش شرعی احکامات زانہٕ موجوب یِوان اٰسی ۔ یِہ چھُ مولوی صابُن اکھ اہم کارنامہٕ تہٕ امہٕ ستی چھُ اند از سپدان زِ تِمن کوتاہ دس رس چھُ فارسی زبانٕی پیٹھ اوسمُت :

واں قواعد کہ خواند از استاد
کم تواں نژ آں گذاشت بیاد

بدائع منظوم چھےٚ تِمن شرعی مسلن ہنٛز منظوم باوتھ یم پڑتھ کانٛسہِ مسلمانس پتاہ آسنۍ گوٚژھن ۔اتھ اندر رچھےٚ فرض، سُنت، واجِب، مُستحب، مقروہات، مفسدات تہٕ مباح بیترِ مسلہِ شعرن اندر باونہٕ آمتۍ ۔ تاہم چھُ پیٚتھن یہِ وَنُن ضروری زِ گوڈٕ رضا علی صابن تہٕ پتہٕ مولوی صدیق اللہ صابن چھِ یم ساری مسلہِ حنفی مسلکہٕ کِس پسِ منظرس منٛز وبوٚھناوۍ متۍ ۔مثلن:

یا منگُن حاجتھا تیٚتھےٚ زِ خدا
هم کلام ست وِ هم دعا ز خداست
آسہِ بندس نِشن منگُن سُہ روا
آں دُعا کز بشر تواں درخواست
نتہٕ آیا پری بقصد جواب
غیر آں گریہ کز پئے عقبیٰ است

وصایا چھےٚ مولوی صابنۍ بیا کھ کتاب ییتھ اندر مولوی صاب پیٚتھن کبو پردبن نصیحت کران چھِ تہٕ سمجھاوان چھِ زِ یمن کتھن تہٕ نصیحتن پیٚٹھ عمل کرنہٕ یتۍ کِتھ کٕنۍ بنہِ مُسلمان رُت ۔اتھ اندر رچھ تِموٚ پنٛنس فرزندس نصیحت کران باند باند کوٚر مُت زِ دینِ اسلامک پرژار کران گوژھِ نہٕ اِنسان ہدیچ تہٕ معاوضچ لالچ تھاوُن ۔مِثالہِ باپتھ وِچھتو یِمہٕ شعر۔

بر امامت زِ خلق اجرہ مخواہ
اجر جوکے باجر یا بد راہ

## کتاب نامہٕ:


۱۔کُلیاتِ مولوی صدیق اللہ حاجنی: مرتب: پروفیسر محی الدین حاجنی: ناشر: کلچرل اکاڈمی

۲۔مشاہیرِ کمراز: جلد:۲: ناشر: ادبی مرکز کمراز

۳۔وولرٕ کۍ ملر۔ مولوی صدیق اللہ حاجنی نمبر۔ حلقہ ادب حاجن سوناواری

۴۔اوحال نامہٕ: کأشُر شعبہٕ، یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر




فایدۂ نظم ایں قدر باشد
حفظِ منظوم سہل تر باشد



بالکلام از زبان فارس ہم
ہست اقرب بفہم اہلِ عجم
نظم ایں نسخہ شُد بایں دو مراد
حق بود معطی سدا دور شاذ

انہارِ عربہ تہٕ العقاید کتابہٕ تہِ چھےٚ شاید فارسی لیس منٛزٕ ے آسمٕژ۔ محی الدین حاجنی چھِ یمن دون کتابن ہُنٛد تذکرٕ کرنہٕ وِزِ لیکھان:

"یم زٕ کتابہٕ چھنہٕ وُنیکتام اتھے آمٕژ۔ خدازانہِ یم آسا فارسی پأٹھی کِنہٕ کأشری پأٹھی لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہُنٛد عربی ناو آسنہٕ سببہٕ ہیکو نہٕ یم عربی یا فارسی پأٹھی یوت قیاس کٔرِتھ تکیا زِ مولوی صابنٛن کأشرِ بن کتابن تہِ چھِ عربی ناوٕ ے تھاونہٕ آمٕتۍ۔"

چونکہِ یم کتابہٕ چھنہٕ دٔستیاب سپٕزٕ مژٕ اوِ کٔنۍ یمن پیٹھ کأنٛہہ تبصرٕ یا خیال آرأیی روزِ نہٕ مُنأسِب۔



# مناجات

خودایا ژٕ چھُکھ عالمُک پادشاہ
چھِ اُسی بندٕ ساری ژےٚ نِش داد خواہ
نون آسمانن نِگہدار ژٕے
زمین ستن صاحبِ کار ژٕے
نبس تارکو سِتی زینتھ دِتُتھ
تمن زیور از ماہِ انور دِتُتھ



زمینن دِژتھ شوٗب از مردماں
ژٕ چھُکھ خالقِ انس وجاں بے گُماں
ژےٚ محکم کرِتھ آسمان بے ستون
زِ اندازۂ عقل وفکرت برون
زمین فرش بر آب کوہ بر زمین
کوٗرتھ ژیے، ژٕے اتھ قُدرتس آفرین

# نعت

سۆ زُتھ ہادیٔ دِینِ راہِ ھُدیٰ
سُہ حضرت محمد رسولِ خدا
تِمس جان وِ دِل سون قربان بوین
گِرفتار عشقس دِل و جان بوین
سُہ چھی از ہمہ آفرینِش گُزین
حبیبِ خدا خاتمُ المرسلین
زِ لولاک بر سر دِتُکھ تاج تس
قبا در شبِ خاص معراج تس
چُھ از دفترِ نعتِ آں مجتبیٰ
کمیں فقرہ سورۂ والضحیٰ
با صحاب و اولاد او صد ہزار
تِمن پیٹھ بوین رحمتِ حق نِثار
تِمو باغِ دین تازٕ گُلشن کوٚرُکھ
زِ تاریکیٔ کُفر روشن کوٚرُکھ

چھِ سأری خردمند و صاحبِ کمال
زِ تقریر اوصافِ تُو گنگ و لال
ژٕے احسان و الطاف یارس کوٗرتھ
تِمس تازٕ گُلزار نارس کوٗرتھ
کوٗرتھ دُشمنس نار ژٕے آبِ نوٗر
سپُن غرق مضطر بغرقابِ نیل

(سکندرنامہ)



# منقبتِ چاریار

اذاں جملہ ارکانِ دینِ جلی
ابو بکرؓ فاروقؓ عثمانؓ علیؓ
ابو بکرِ صدیق شیخ کبار
نبی صائبسؐ محرم یارِ غار
فِدائے پیمبر کوٗرُن جان ومال
بمالِ خود آزاد کوٗر تمی بلال
توے خاص پأٹھِن تمِس ذوالجلال
بربزِ جزا ہاوِ نورِ جمال
عمرؓ کانِ عدل و سخاہ کرم
تمی تھأو اِستادِ دینچ علم
کٔرِن فرق در حق و باطِل بعام
توے لتس سپُد شاہِ فاروقؓ نام
زِ عثمانؓ ن عفانِ ملکھ مندچھان
حیا اُو تواضع تمِس نِش ہیچھان

تِمن روز و شب یادِ حق اوس کار
تھوۄکھ قصرِ دیٖن متعین اُستوار
فِدا خاکِ پایس دل وجان میون
مےٚ سےٚ آبروے بس چھُ در ہر دو کون



ابو بکر و فاروق عثمان علی
گرِکھ مُشکلاتِ جہاں منجلی
ابو بکر بے شک پزِ چ کان اوس
سُہ فاروق عدلُک دِل و جان اوس
حیا پیشِ عُثمان پدیدار گو
علی مُشتہر شیرِ جبار گوو
تِمن روزو شب یادِ حق اوس کار
تھوۄکھ قصرِ دین مُتعین استوار
فِدا خاکِ پایس دل و جان میون
مےٚ سےٚ آبرو بس چھُ در ہر دو کون

(سکندرنامہ منظوٗ)



# مغازی النبیؐ غزوۂ بدر

امی وٕرِ یہِ واقعہِ سپُن جنگِ بدر
ہُریو حضرتس ؐ عزت وجاہ و قدر
سبب تتھ سپُن پوٚر حربن زِ شام
لُرِن شێچھ ابو جہل دوزخ مقام
مے از شام اوٚن واریاہ مال و زر
وِلے از محمدؐ چھُ خوف و خطر
پِیو پرٛتھ اکھا از پئے حفظِ مال
نتہٕ مال واتُن سلامت محال
ابو جہل شێچھ بوٗزی تھے گو تیار
گرِن جمع نو شتھ تہٕ پنٛژاہ سوار
ہیٚتِن ہتی گُری پانٛژھ ہتھ ووٗنٹہٕ ساس
زِ مکہ نبر دژاو سُئے بے ہراس
یتے پورِ حربن تِمِس لوٚد پیام
سلامت بہٕ ووٗتُس بمکہ زِ شام

علیؓ محرمِ رازِ شاہِ رُسُلؐ
زِ باغش حُسینؓ و حسنؓ پھلو زِ گُل
الٰہیٰ با صحاب و آلِ رسولؐ
رضا منذی خویشتن کر قبول
تمو زِنٛدٕ از تیغ کوٚر دینِ پاک
بسختی کٔرِکھ دُشمنِ دین ہلاک
تمن سارنے رحمتِ حق نِثار
شفاعت کٔرِن اُسی چھِ اُمید وار

(مغازی النبیؐ منظ)



# غزوۂ احد

امی ؤرۍ پیہِ جنگِ احد گو ظہوٗر
صحابن زِ تقدیٖرِ حق پیوٚ فتوٗر
زِ مکہ سٕمِتھ آے کاُفر ترٛے ساس
بسازو بسامان سلاح و لباس
ازاں جملہ ستھ ہتھ زرہ پوٗش اُسی
چو دریاے موّاج پُر جوش اُسی
نبی صاجبس ؐ پیوٚ صلاحا اتم
کڈو نہٕ نبر از مدینہ علم



ییو باز پس بس گرِو کین و جنگ
ننتہٕ ما ییو تنگ در نام و ننگ
ابو جہلن اصلا تہٕ اوٗننہٕ بگوش
سُہ بو گومُتُ مست در نائے و نوش
دپن با مےٗ و ساز عشرت کرو
در اطراف و اکناف شہرت کرو
کوٗرُن ڈیرٕ در بدر با صد طرب
گرِن ووٗنٹ داہ خرچ مطبخ بشب
ہیوٚتُن ستیٖ اسباب ِ سازو سُروٗد
پیا پے شرابک وُسن اوس روٗد
نبی صاحبسٕ جبرئیلن خبر
دپن وعدٕ کوٗرنس چھےٚ چاٗنی ظفر



# فتح مکّہ

امی وٲری پیٚہ گو فتح مکہ ظہوٗر
زِ اسلام در ہر طرف ووت نوٗر
بصلح حدیبیہ بوعہد یی
تِمن مکہٕ کین کاٗفرن با نبیؐ
ژٕے یُس آسہِ دُشمن تِمن اَسی مدد
کرو نہٕ ز روے نفاق و حسد
امی شرطہٕ کوٚر حضرتنؐ ترک جنگ
کوٚرُ کھنہٕ تِمن عذر از ہیچ رنگ
بنی بکر بو دُشمن انبیا ء
مدد گر تِمن مکہ گو از جفا



زِ ذی القعدہ پانٛژوے گٔمتی اَسی دوہ
زِ یثرب نبیؐ دژاو با صد شکوہ
چو احرام در ذوالحلیفہ گوٚنٛڈُن
سُوٚنے لِباسا وٕلُن کیٔت ژھنڈُن

# غزوۂ خندق

امی ؤرۍ یہِ گو جنگِ خندق عیاں
سپنٕز جمع دہ ساس از کافران
صحابہٕ سپنٕز جمع سأری تٕرے ساس
کھوٗنکھ خنٛدقا گرد خود بے قیاس
قُریظہ ہم عہد بو با نبیؐ
پھِرِن پورِ حربن تم اجنبی
سپنٕز مُتفق بہر جنگِ رسولؐ
سپُن جانبین سخت جنگا بطول
خداین سوٗزُکھ از غضب بادِ سخت
بیکبار ژٔلی ہیچو برگ درخت



# بدایع منظوم

## در مدح اصحاب و اہل بیت کرام

چُھ ابو بکرؓ ژون اندر سردار
مقتدی تس مہاجر و انصار
تس پتہٕ حضرت عمر زیُٹھ زان
وۄتھ موأفِق تسٕنزِ رایہِ قرآن
شاہ عثمانِ کانِ حلم و حیا
جمع کۆر تمی قرآن بنور و ضیا
چھ علی ولی چہارم یار
شاہ لولاکہ سُنٛد علم بردار



## دربیانِ فرایض نماز

فرض چھی ستھ نمازِ آزادہ
پرٕ ژٕ تکبیر روز اِستادہ
پرٕ قرآن کر رکوع تہٕ سجدہ

کوٗرن حکُم لبیک ساری پٔرن
پرن وقتہٕ آواز عالی کٔرِن
پکن وأتی در مکہٕ در کعبہ ژاے
جسوے حجر اِسلامس تہٕ آے
پس از استِلام حجر ستھ طوا ف
زِ رکأژ پرٕبن بعد ازاں بر مقام
سعی کٔر تِمو پٔرِ دُعا ہا تمام
بسوے منیٰ آے اونٹھ قدم
میانِ محل تٔھو وقوف از کرم



# شکل وشمایل آنحضرتؐ

یار مےٚ حق آسہِ تیأری کرہ
خُلق نبیؐ پتھ زٕنۍ جأری کرہ
خُلقِ عظیمس تِہنٛدِس بے قصوٗر
طاقتِ اظہارِ بیان کس چھُ پوٗر
یِمہٕ کِتابہٕ وٲژ؛ از آسمان
منٛز تِمن تِہنٛدٕے خُلق بیان
وصف چھِ انجیل و زبوٗرس اندر
نعتِ بتورات و صحایف ژٕ پر



بخش خداین نبیسؐ عقلِ کُل
تس نِش موحتاج ملک تہٕ رسُل
تس نشہِ بد بخت سپدی نیک بخت
کتی گدا وأتی توت تہٕ کھتی تخت

پانژوہ یِم چھی شێیِم پۆتم قعدہ
چھی پێتِم فرض وارِ تھاو خبر
موکلِتھ نیرنُے نمازِ نبہر



تعداد رکعات فرایض وسنن
ژور رکأژ فرض چھے ترٛبن وقتن
ترٛیے چھِ شامن تہٕ فرض زٕ ے صُبحن
پیشنس شێ رکأژ سنت بس
زٕ زٕ شامس تہٕ خوفتنس صُبحس



# معجزاتِ النبیؐ

(۱)

ابنِ عمر شاہ علی تِم زِ یار
گرِکھ رِوایت بہ ونے کن ژٕ دار
کوہِ حرا تلکنے سرکار اُسی
جمع سپنٕی اِتی ہمہ کُفار اُسی
دعوتِ اسلام تِمن گرِ شہن
آو ابو جہل لعین بد دہن
لوٗگ دپنے وُچھ مے سبٹھاہ دود چون
معجزہ یِدوے ژٕ ہاوکھ وِنی تہٕ مون
زوٗنہِ زِ اڈ کر اِدِ چُھنہٕ کانْہہ تہٕ شک
پورِ نہٕ جادِیک اژرا بر فلک
اڈ زِ گژِھتھ بیٚیہ کھسن آسمان
یُس نہٕ اِدِ مانے سُہ کاٗفر چھ عیان
اونگہِ اِشارہ نبیؐ ینٕ کوٗرنہٕ یام
اڈ زِ گژِھتھ زوٗن وٚتھ آیہ تام

میوٚٹھ تہٕ ژھوٹ اوس کلامِ رسولؐ
معینہٕ کٔنٛز زیوٚٹھ دِلن منٛز قبول
پرٛتھ کتھِ ژھئین حرف تہٕ الفاظ بیوٚن
سیر گژھان اوسہٕ زانٛہہ بوزٕ وُن
بوزٕ ونین قولِ نبیؐ موختہٕ زن
یُتھ نکھٕ تہٕ دوٗر ہیٚے گو کنن



اوس تبسم کرٕوُن شاہِ دینؐ
شاد گژھان بے سہ وُچھِتھ دل حزیں
بو اسہٕ وُن زنتہٕ کھسہٕ وُن آفتاب
غم کرٕوُن دوٗر سہٕ نوٗرک حباب
چین بجبین بونہٕ سہٕ شاہِ شہاں
خندہ قہقہہ نبینؐ کوٚر نہٕ زانٛہہ
جُز غمِ اُمت نبینؐ سوٚرنہٕ زانٛہہ



A

# معجزاتِ رسولؐ

(۲)

حضرتِ جابر چھِ ونان گو شہید
مول مےٚ در راہِ خدا بو سعید
اوس تِمس قرض سبٹھاہ بے شُمار
آے قرضدار مےٚ وۄتھ سخت چار
کھۄر زِ ترٛےٚ خأر مےٚ بأڑن خوراک
تِمہ بہ از نقد وِہم از جنس پاک
دۄپ مےٚ تِمن کھۄر زِیو دۄپ تِمو
کیاوسہِ امہِ ستی نکھہِ کیا یِہ گو
گو مےٚ امی مُشکلہِ کِنۍ دِل دونیم
آس دوان پیش رسول کریمؐ
آو گرہ میون سُہ عأٔلی جِنابؐ
أسہِ کھۄر ڈیرِ ہنا پیشِ باب

وُچھ یہِ أچھو پانہٕ تٔمو کأفرو
حسرتہٕ بۆڈ دۆپُکھ یہِ کر زانٛہہ سرو
دۆپُکھ ابو جہل سٔکن بو ونو
وِہۍ یہِ کۆرُن جود أچھن پوونو
قأفلہٕ سونٕے چُھ گۆمُت شہرِ شام
یۆد چُھ یہِ پۆز تمہٕ تہِ ونن وأتی یام
آے دۆپُکھ آے فلأنی شبہ
زۄنہِ زِ اڈ گۆھتھ پتھر وٕژھ نبہ
بۆز ابو جہلِ لعیٖن دۆپُن
جود یمن پیٹھ تہِ موثر سپُن
اوس یمن بختِ سعادت نصیٖب
کلمہٕ پۆرُکھ پیشِ خدا گے قریب



پھیرِ تتھ أنٛدٕ أنٛدٕ تہٕ دۆ پُک کرمہ شور
گۄتھ ژٕ تیمی ڈیرٕٕ منٛزٕ قرض ہور
وزن گٔرِتھ گٔرِ مےٚ ادا قرضدار
ڈیرٕ تَتھے پأٹھۍ بجا برقرار




978-93-80691/86-2

# MOLVI SIDIQ ULLAH HAJINI

(Monograph)

compiled by

**Aziz Hajini**




**Jammu & Kashmir Academy of Art, Culture and Languages, Srinagar**